# تحقیق و تنقید

مُصنِف

موہن لال آشش

کِتابہٕ ہُنٛد ناو = تخلیق تہٕ تنقید

مُصنِف = موہن لال آتش

سکونت = اصلی ساکِن دَر ویچہ بٕرور
حال- دُرگا نگر، سیکٹر I جموں

چھاپن ؤری = 1999ء

تعداد = 500 پانٛژھ ہَتھ

موٗل = 160/= روپیہ صرف

صلاح کار = پرتھوی ناتھ کول (سائل)

سرِ ورق = پیارے لال شدیشی

●

## کِتاب میلنک پتاہ

1- "ناگراد" ادبی سنگم- جموں-

2- "سمیرتی" ادبی مرکز- امبھپلا جموں-

3- فنکار کلچرل آرگنائزیشن- سرنگر-

# گوڈٕ

کاشرِس ادبس چھ نثرٕچ وٕشرٕے۔ کاشر زبان ییٚژھ
پرانی آس۔ امیک ادبی سرمایہ گوژھ گنجینن ژرٕ ژرٕ آسُن
مگر سو کتھ چھےٚ نہ۔ وُہمہ صدی تانی آس نہ نثرٕچ کتھے یِیُس بہ سُہ
فقط شارٕ ونان۔ شاید اوٚکِنی زِ یہ آس وٕہنٕد اظہارٕچ آسان
وٕتھ۔ مگر کُنہ قومکہ ثقافتی بجرُک انداز ہیکہ امہ قومکہ نثری حصولیابی
ستی مُمکن سپدِتھ۔ شاعری ہیکہ نہ یک طرفہ یہ کمی پوٗرٕ کرِتھ۔
وُہمہ صدی ہنٕد منٛز کالک وٕرٕح چھُ کاشر زبٲنی باپتھ
ڈیکہ بجر۔ تکیازِ اتی پیٹھٕ گو نثری ادب لیکھنک دُسلابہ۔
ترقی پسند دورن کرٕ ہی بہلہ پایہ افسانہ نگار پٲدٕ۔ تہ جدید ادبی
رُجحانن ؤزٕناوی تنقید نگار تہ یموٚ اُکی فن پارٕ اَنہ گٔژھ کُوٹھ لو منٛز
گنڈِتھ۔ یمن فن پارن (شعری کیتو نثری) پیٹھ وُژکھ یمی تنقیدی
رایہ تہ ہیتھ گِنز گوڈٕ کاشر زبٲنی کاڈ۔ مگر وُنہ چھ وارٕہ کام باقے۔
کاشر زبٲنی چھےٚ نہ اخبار، اَتھ چھےٚ نہ لوٗکن وٲلی۔ سرکٲری سرپرستی
چھےٚ ہارِ ماوٕ خاطرٕ۔ یہ چھےٚ نہ وُنہ سکوٗلن منٛز تعلیم دِنک ذریعہ
بناونہ آمژ۔ آیین ہند چھُ کاشرِس منٛز پھیرنہ آمت۔ تہ شاید
چھےٚ نہ وُنہ جموں کشمیرک آیین کاشرِس منٛز پھیرنہ آمت۔
۱۹۹۰ سنہ ءتس منٛز گو اَسہ کوٚھٹن پیٹھ پرٕلے نازل۔ کاشر
قوم گو ییتہ پتہ۔ پرٕم پرارٕو۔ تہ تشخص گو ختم۔ لکھارِ بن ہنٛد
یہ گرٕ گو شہلا یہ ترٕزی۔ اُڈ ہی روٗدی بالہ اپارٕ تہ اُڈ ہی بالہ یور

سٟیکہٕ مادانٕن مٔشرٕ وبدا کھ دِنہٕ۔ یوٚہے اَقرالفری ہُنٛد اَدب (لیٚس مختلِف تخلیق کارٕن ہٕنٛدِ دُسی وِزِ وِزِ تخلیق سپدان) سوٚمبرود مےٚ یِتھ عنوانَس تحت۔ تِکیازِ اُڈی گیٚیہٕ تیٚتی موٚلیٚس زٕتمو ترود لیکھنےٚ۔ تہٕ اُڈی صرف اسمالس کُنٕ مٔدیہ وُچھان۔ قلم اتھس کیٚتھ۔ لیکھان تہٕ کہٕہس۔ مےٚ کوٚر یمنےٚ ژٕنجید تہٕ اَشرٕ قلمکارن ہٕنٛد کلام یکجا یُتھ زٕ اَنٕ یِکھک نقادیٚن خوٚتہٕ محنوٚتن زٕھار تمِس میلہٕ بییمہٕ (Anthology) یِتی کامہٕ مٔشرٕ مٔنا ڈکھ۔

مےٚ کٔر کوٚشش شاعرن ہُنٛد انتخاب کرنچ، یمن نٕشہٕ مےٚ باسیہٕ موزوٗن زبان تہٕ مُناسب طرزِ بیان یِمنےٚ کٔر کوٚشش اکہٕ تیٚتھ تخلیقی سمار وُزناونچ یتھ مٔشر کِردار تہٕ تیٚیہ واقات کُنہٕ القابہٕ روٚستےٚ پٔرن والی سٕنٛدی جذبہٕ تہٕ اَدب شناسی ہُنٛد لُطف دوٚشوٚنی اوسودگی دِلن تہٕ پٔرن وٲلِس اَنٛدی اَنٛدی گژھِ سُہ فِضا قٲیِم یُس تخلیقس مٔشر وُزناوِتہٕ ژھُہ آمُت۔

خلوٗصِ کیش

موہن لال آش

# تنقیدچ افادیت

تنقید کرن گو مولہ آنکہ وَن کرُن۔ یتھ کُنہِ سوچ اصلیت چھ
کھوچہِ سیٹھہ نشان۔ سیٹھ یا فیلادچ اصلیت میقناطیسس تل نشان۔
دوچ اصلیت یکٹومیٹر تہ ادہ پتہ نشان چھ، تتھے کُنہ چھپے ادب پارچ
اصلیت تنقید سیتی نن نیران۔

تنقیدک مطلب چھنہ عاب گنزراوُن۔ بلکہ چھ تنقید سار گر
ہشدی یا ٹھی ادب پارس مہر پتہ ہشدی یا ٹھی سجاوان تہ لوُبہ ون بناوان۔
ہاں اگر کُنہ جایہ اتھ شوہرس کی داغ یا پوڈر ملنکی وکھفرار آسن
رودی متی۔ تنقید نگار چھ اتھ پتہ تگن گرہی تہ ہو تر مشدی عہ سیتی صاف
کران کُس تھ یتا کھ ونہ زمہ بتتی چھپے شوبہ ونی۔

اگر ادب پار کُنہ جایہ فاسر آسہ روُدمُت یا فنی نزاکت
آسہس کمزور گامتر، تنقید نگار چھ امیچ نشاندہی کران تہ ادب
پارہ ہاوُن تہ باوُن لایق بناونچ ترینہ وَن دوان۔ تنقید گوُ نہ آنی آنی
گنبل لایتی۔ یس لگہ تس لگہ سرکاری۔ شہ گونہ تنقید بلکہ عناد۔ یہ کرنہ سیتی
چھُ یانہ تنقید نگار Expose گژھان، بیچی منشد چھاوتہ لوان۔
تس چھُنہ ادبی مادالنس منز کانہہ قیمتھ روزان۔ تنقیدکی اوصول
چھ وضع کرنہ آمتی۔ یُس اتھ انحراف کرِ شہ چھُنہ تنقید نگار۔ بقول
شیکسپیئر "One who doesnot know & know
that he knows is fool, shun him."
یُس نہ زانِت آسہ، ہنگہ منگہ آسیس پہتھ زنتہ کوٹھ چھ شوہرے زانان۔

سُہ چھُ بے وقوف ، دور ژھنُن ترٲوِتھ۔

تنقید نِگارس گژھِ مضمونَس منٛز مکمل پارٕ زان آسٕنۍ۔ تٔمِس گژھِ
علمی دسترس آسُن۔ سُہ گژھِ زیرِ بحث فنُک پارک ، وَرخ تاریخی معاشرتی
تمدنی تہٕ روحانی حالات جان پٲٹھۍ زانان آسُن۔ تنقید کرنہٕ وِزِ گژھِ سُہ
پورٕ غیر جانبدار آسُن۔ تنقید کرنہٕ وِزِ چھُ انصافچ کرسہ سیٹھاہ آسان۔
تمۍ سُند فاصلہٕ گژھِ بے ریا آسُن۔ یُتھے کانٛہہ پرٛن وول گژھِ فایتہٕ تنقید نِگارسٕنٛز
راے چھۍ موقول۔ نو آموز تہٕ Immature لیکھارین سیٹھاہ گژھِ نہٕ سوے
راڈ استعمال کرٕنۍ یُس سُہ تکلیفہٕ مقام وٲتِس ادبس لاگہٕ۔ تِمہٕ سٟتۍ چھُ
نو آموز لیکھٲری مایوس گژھان تہٕ تِمَس چھُ پانَس سیٹھاہ پتہٕ راوان۔
ممکن چھُ اگر تِمَن زیادٕ سٟتۍ سُہ ماترٲوِ لیکھنہٕ۔

تنقید نِگارسٕنٛز ذٲتی کٲری سیٹھاہ چھُ اکھ یورپی نقاد ریمانڈ ولیمز
Ramod Williams لیکھان۔

Any enquiry into the reading of literature or into the present position of any of the arts has a danger of becoming 'no more than marginal, unless the cultural atmosphere in which all the arts exist is recognised in the discussion.

تنقید کرن والی سٟند باپتھ چھُ یہِ کتھ امرِ مجبوری زِ سُہ سمجھہِ ثقافتی
پوٚت منظر یتھ منٛز کانٛہہ تخلیق تھنہٕ آسہِ پیمٕژ۔ کانٛہہ تہٕ تنقید چھُ زبردست
اثر تھاوان تہٕ یہِ چھُ تخلیق کارس تہٕ پرٛن والیس وارہٕ ہیٚس کالسے

ذہنی منزٕ سٟتی مۆلہٕ دِوان۔ اگر تنقید نگار یا نہٕ کُنہٕ فلسفک منطق، اَدبی لہر،
خارجی یا اَندرونی خلفشارک تنکار آسہِ، سہٕ گژھہِ نہٕ تنقیدس سٟتؠ ہِنٛز اثر تراوُن:
یا پیم جذبہٕ Expose کرُنؠ۔ اگر یہٕ سپدِ نتہٕ چھُ تنقید نگار نہٕ موقولیت
بوجود (Creeds) ختم کران تہٕ اَتھ تنقیدس چھِنہٕ یا زٕرس منز کانٛہہ مول
لوان۔

اکھ بہلہٕ پایک تنقید نگار جین آسٹن Jane Austen
چھُ وَنان ــــ "تنقید چھِ عام پاٹھی سٟتؠ ناپسند لوان کرنہٕ۔ یہ چھِ
پٔرِدن مقولہٕ زِ تنقید کرُن گوٚ دشمنی ہیٚنی ہلو۔ تنقیدٕ سٟتؠ چھِ جذبات
متاثر سپدان۔ تہٕ گہ منگہٕ چھِ پرسکون شُدرس لہرٕ ووتھان۔ تنقید
چھِ پرنہٕ برونٹھے اَکس کتابہٕ درجہٕ لوُن والان۔ کُنہٕ ساتہٕ چھِ یہ تہٕ
بنان۔ تنقیدی راے چھِ یک طرفہٕ تہٕ لوان۔ ہیٚمہ سٟتؠ دٕنی ہُک
اہم ترین مسلہ اَنٛز زِنہٕ رُوستے یا پرنہٕ رُوستے ضایہ چھِ گژھان
تہٕ اکھ قاری چھُ مفید تہٕ اَہم اطلاعات حاصل کرنہٕ لگاعٕرے روزان۔
دُنی ہُک بہترین لٹریچر پرن وألی چھِ واراہ کم آسان تہٕ ہیٚلہٕ اتھ منز
تہٕ کمی سپدِ تیٚلہ روزِ یہ بہترین تہٕ مفید ادب صِرف الماری منزے
رِچرڈ آرنگٹن چھُ وَنان زِ ییٚتھ کنٔی چاے چھِنک عادتھ
چھُ شیوُن شیوُن آسان تہٕ زٕن گو اَڈی چھِ تلخ چاے تہٕ اَڈی
بلک چاے۔ اَڈی کھنٛڈ کم تہٕ اَڈی کھنٛڈ زیادٕ کھیوان۔
اَڈی چھِ دوہس منز وارِیاہ لٹہٕ تہٕ اَڈی اَکے لٹہٕ چاے چیوان۔
یہے ہِشی عمل چھِ تنقیدس تہٕ گژھان۔ تنقید کرنس منز چھِ
ترٛیٚیہ قسمہ نفسیاتی عملہٕ استعمال سپدان:۔

1. Absorbed Attention

2. Conscious Attention

3. General Attention

یِمو ترٛیشوٚ رے عملو سیتی تنقید کرنس منٛز چھِ ترٛےٚ اَلگ اَلگ نتیٖجہ
نیران ۔ تنقید نگار ییتھ عملہٕ منٛز آوُر آسہ تمی آیہ نیرِ تنقیدُک نتیجہ تہٕ ۔
لہٰذا ہیکوٚ نہٕ کُنہِ تہٕ تنقیدی نتیجس آخری فاصلہٕ آسنُک درجہ دِتھ ۔

عام پاٹھۍ چھُ وَننہٕ یِوان زِ لٹریچر گوٚ تحریری زبانۍ منٛد واتناوُن ۔
تخلیق چھِ تجربک سٕنٛز، سوٚنچن ترٛاے ۔ مُلکی ماحول ، قومی رلوایتھ ،
یتھ کالچہٕ حصولیابی ، تہٕ ازکلکو سماجی ، سیاسی ، اِقتصادی ، روحانی ،
جغرافیائی ، فنی تہٕ تاریخی مسلہٕ اَثر راونکی تہٕ اِظہارکی طریقہٕ ۔ زِندگی
گُذارنکی اُصول ۔ یِمہٕ سارٕ ییے عملہٕ چھِ کُنہِ مُلکچ ثقافتی عمل وُسوار
کرنکی سامانہٕ ۔

یِہٕنٛد ریکارڈ سنبالُن تہٕ جماہ کرُن چھِ زبانۍ ہنٛز کام تہٕ زبانداں
سٕنٛز عملی شرکت ۔

سماجکی کُلہم واقفات قلمبند کرنی ، ذٔہنی ہیند آری ہنٛز عمل ،
اِنسانی شعور وکی حدود تہٕ اِنسانی قدرٕ رچھنکی وسیلہٕ چھِ قومی لٹریچرس
منٛز قلمبند روزان ۔ ییتھ قومس طاقتور تہٕ آفاقی اَثر ییتھ لٹریچر
دوہکبوٚ لبہٕ سہٕ قوم چھُ عالمی برادری منٛز یِزتہٕ تہٕ اعتراحچہ نظرٕ وُچھنہٕ
یِوان ۔ ہِندوستانکس غولامی ہندِس زمانس منٛز آس برطانیہ کین
دانشورن ہنٛز رائے زِ ہندوستانۍ قوم چھُ ییتھ کھور تہٕ وحشی
مُلکن مُنٛد اَکھ اِجتماع ۔ یِمن ییتھ اَنگریزی حکومت آسہٕ گوٚ
یمن لوکن ہنٛد باپتھ رحمت خوٚدا ۔ تکیاز لیُس قوم سورُدن آسہ
زالن ، سرپھٔن آسہ اُوزاکرن ۔ زنانہٕ آسہ مردس ستی شتی گرتھ

یمیٚتھ لوکن تہذیب وَنُن گوٚ گوٚناہ۔ یِہارا گژھہ یمن وُحشی لوکن ہیٚتھ ہمیشہٕ اَنگریزی حکومت رٲژنۍ۔ یمن ہندی دِوتاہ چھہ نَنگے تہٕ ننیتہٕ تیٚژ۔ سَرِتھ بالہٕ ناٲلی ترٲوان۔ تہٕ یمن نِشہٕ چھُنہٕ ہاوُن تہٕ باوُن لایق تہٕ لِٹریچر نہٕ علم تہٕ نہٕ لیڈرشِپ۔

مگر قرنہٕ کھیٚتیر ییٚلہٕ سپد۔ زَنمہٕ ژھکھ پھیٚور۔ سونٛزلہٕ ہندی رنگ آیہٕ اَباسی وردن لاگِتھ مارکس مَنز۔ اَنگریز سپدی شٔشدر۔ جرمنی سکالرو ییٚلہٕ ویدن ہُند ترجمہ کٔرِتھ یہ دیٚت ہاوِتھ زِ ہندوستٲنی قوم چھہ دُنیہِ ہٕنٛدیو مُہذب ترین قومو مَنزا اکھ۔ مِصری، رومن تہٕ چیٖنی تہذیبہٕ برونٛہہ چھہ ہندوستانس مَنز دراوِڑ تہذیب سرس اوسمُت۔ ییٚلہٕ موہنجو دارا تہٕ ہڑپا آثار نیٚنۍ درایہٕ۔ ییٚلہٕ کوناری مندر، تاج محل تہٕ ویدِکی درشن
Six Schools of Hindu Philosophy لنڈن واتۍ۔ ییٚلہٕ ٹیگور، وِویکانند، گوکھلے ہِوی عالِم تہٕ سکالر امریکہ تہٕ برطانیہ واتۍ۔ سوری عالَم گوٚ شٔشدر تہٕ اَنگریزن ہیٚتٕر چھیٚپہٕ کھیتھ۔ مہاتما گاندھی ییٚلہٕ گول میز کانفرنسہٕ مَنز شرکت کَرنہٕ سوکھ برطانیہ دوٚت اُمس آو نہٕ اَندر اژنک یہ وٕنتھ اجازت دِنہٕ زِ شیٚشہٕ تٔرِ مُن گۄرتن ہُند لیڈر چھُ ننگے تہٕ ننیتھ نونے۔ تہٕ گاندھی جین یہ تار کٔرۍ جواب زِ اَنگریزو چھہ ہندوستانن پلَو تانی نیمتی۔ ییٚلہٕ لوکھ ننگے اَمس تہٕ ہُند لیڈر کیتھ کٕنۍ لاگہٕ پلَو۔

سُبھاش چندر بوس تہٕ بال گنگادھر تلکن دیٚت اَنگریزن ہاوِتھ زِ ہندوستٲنی نکھ چھُنہٕ گُدامس گنڈِتھ چاروٲے۔

سُبھاش بوسن تہٕ ہِٹلرسٕندی یارانن کٔر اَنگریزن ہنٛزنیندر تانی حرام۔

بیلہ ہندوستانی لٹریچرس انگریزیس منز ترجمہ کرنہٕ آو خاصکر
کوٹلیہ سُند ارتھ شاستر۔ ہندو فلاسفی ہندی شٹھ درشن
تہ Epics ۔ رامائن مہابھارت تہ بھگوت گیتا ہتھ فلاسفیہ بیلہ
انگریزو وچھ، یمن پیٹھ پننی رائے بدلاونی۔

اُمنیک سار چھُ یہ زِ انگریزی تنقیدس جواب دِنہٕ موجوب
کوت ہیکہٕ پھو ہندوستانی لکھنے۔ بقولِ کیمبیل Cambell
کُنہِ چیزک سون تہ گوڈ مطالعہ کرنہٕ روستے تنقید چھُ خطرناک
نتیجہ پاد کران۔

بڑ و شہہ کُن چھُ یوہے نقادو نان ——— شاعری سپدی چھ اکثر
حالتن منز جذباتن تہ عقیدتکی پوش آسان جُرتھ یہ چھُ لیکھن والس
تہ پرن والس منز اکھ طرحدار خلاوتھ پاد کران۔ مگر یہ کتھ چھے نہ
ادبہ کِس باقے شاخن منز آسان۔ شاعری چھُ اکثر حالتن منز پرن
والسِندس ردِعملس سپتی واٹھ آسان۔ اگر شار زبر آسہ قاری چھ
بادنایہ ہندس سُندرس منز ڈنگہ دِوان مگر یہ چھنہٕ ضروری زِ
شعوری پوختگی تہ گرتھ بادنایہ ہندِس سُندرس سپتی زن آیہ ٹھرن
منز بیرہ۔

اکھ نقاد چھُ گوڈ یہ وچھان زِ شاعر کمن وو تہٕ سینرن منز
چھُ ہیتہٕ امُت۔ یہ کُس دُنیاہ چھُ تصورس منز آباد کران۔ یہ کمن سنا
فرستن سپتی چھُ باشہ کران۔ اُمی سنزِ شعوری وُچھ کمن تھیتاولین
چھے سر کران۔ اُمس کا ثراہ گرفت چھے زبانی سیٹھ۔ یہٕ اُمس
وسمرش چھ تہ چھایہ بادِ تھ ہیتو کمت۔ اُتھی مرحلس سیٹھ چھُ ادبس
منز تنقید نِگارِ سُند رول مشخص یوان کرنہ۔

اکھ یورپی نقاد Dr. Richard چھ لیکھان —

"اگر نہ تنقید آسہ ہے بارسس آمُت - سورُی دُنیا آسہ ہے وُسی پایہ ادب تہ گندگی سیتی برنہ آمُت - پرتھ کانہہ اَدٕ بہچھل آسہ ہے اَفلاطوُن آسنک داداکران تہ ادبی گنجینہ آسہ ہن لُرتھ ستو پُرونہ آمتی بروُنہہ کُن بادتھ کران —" یتہٕ کُنی اکھ ڈیڈی وانی پرتھ کانٔسہ سٕرٹکہٕ کھوُس چھُنہ مُحل خالص منز اتھٕ دِوان - تِتھے کُنی چھُنہ اکھ تنقید نگا بے ہوُدٕ لٹریچرس اَدبہ کِس ہیر باوپنہٕ کھسنہٕ دِوان۔

تنقید چھُ اَدبچہ ؤتہٕ گاشراوان - حقدارس بندس کلس پیٹھ یزنک تاج کھاران - کمزورس اتھہ رٹ کران تہ کاینات شنہ راوان۔

ریکس وارنر (Rex Warner) چھُ وَنان — زبان چھےٚ کُڈل ییمہ پیٹھی ترٕتھ سٕنی نتی، اوُدی تہ ویدی دزرتٕ تھ دیہندکس شٹھرس سوتہٕ ساوی تہ نیپہٕ ناوی چھےٚ کران - اگر نہ تخلیق کارس زبانی پیٹھ قوُدرتھ آسہ حاصل - یہ وانتا وُرک کُڈل چھُ چھُٹتھ لیوان- یہ تخلیق تہ تخلیق کار دۄشوَے چھِ رآوِس تل گژھان۔

الیف آر لیوز (F.R. Leaves) چھُ پننہِ کتابہِ —

Principles of Literary Criticism. منز

لیکھان زِ تنقید نگار چھُ اکھ سوتھ تخلیق کارس تہ سنجیدٕ پرن والین درمیان۔

یہ کتھ چھےٚ دِلچسپ زِ تنقید تہ چھُ تنقیدچہ کھوُچہ پیٹھ پرکھاونہ یوان - امے سیتی چھُ اَسہ کُنہ تنقیدچہ پرکھایی تہ تنقید نگار سُند فاصلہ جان یا ناکارہ لبنہٕ یوان - اتھ کھوُچہ پیٹھ ییر تنقید نگار یا تہ پاسہ سون نیتہٕ سرتل:

تنقید بغار ادب گو گنڈ مرِس گیُن، یہ چھے سماجہ باپتھ
سبٹھاہ تباہ کُن ثابت سپدان۔

اگر أسی ( Nudeism ) نیوُڈیزمس تنقید کرو نہ، تہ
یہ کرِ اکس شریف تہ مہذب قومس ادل تہ وَدل۔ سماجی نظام گژھہ
درہم برہم۔

ییلہ مارٹن لیوتھرن ووَن زِ شہنشاہی چھے نہ خودایہ سُند
عطیہ بلکہ چھُ سرداری ہُند حق عوامس۔ اَدِ آو وِنڈ سر خاندانک شہنشاہ
پھانسہِ کھارنہ۔ تہ لوُییس XVI فرانسک نور مال رَوان تختہ پیٹھہ
وآلیتھ سڑکن پیٹھ لیتھ ناونہ۔ اُمی سے بادشاہس ییلہ عوامن فریاد کوٚر
زِ ملک چھُ دژاگس منز ہیتہ آمُت۔ اُمی ووٚنکھ درجواب "شیشن
زنگ بخورد۔" مطلب شیٖنہ سِنہ گژھہ بتہ کھیوٚن۔ دپان اُمی سنز
ملکانی آس بیٹر نوزک۔ ییلہ سو تختہ پیٹھ کھکھرِ وآجلھ، درِوازس
تانی واتان واتان گو اُمس سورُے زُلف سفید۔

جمہوری نظامس ییلہ کارل مارکسن یہ ونتھ تنقید کوٚر
زِ امہِ نظامس منز چھُ صرف سرمایہ دارن ہندی مفاد لوٚشید۔
میٖحنت کشن چھُنہ امہِ منز کانہہ فآیدٕ۔ اَدِ آو رُوسس منز اشتراکی
اِنقلاب۔

اگر نہ ضعیف الاعتقادی پیٹھ تنقید سپدہِ ہے ازتام آسہ ہَن
کرورہ واد لوکھ شتلی بچہ نِمتی۔ اگر نہ ستی رسمس خلاف تنقید
سپدہِ ہے۔ ہندوستانچہ نِصف کھوتہ زیادٕ زنانہ آسہ ہَن
شُمشانہ بزی گامژ۔

آلِ احمد سرور چھُ ونان ـــ "تنقید چھُ زندگی ہُند

اوبہ روسے۔ یہ چھُ ادبچہ مسولہ زُلف شیران تہ یاران۔"
تنقید چھُ سماجی ژ‍ٕندگی بدلہ پاک تہ صاف زِندگی ہُند

ضامن۔ اگر اسی تنقیدکس تواریخس پیٹھ نظر ترٛاوو۔ اسہ چھُ پانژھ

ساس ؤری برونٹھ تنقیدُک بہلہ پایہ ادیب چارواک درشٹھو

گژھان، یمہ یہ وَدُن زِ۔ "ما دِ چھُ پرزر"۔ تہ وید لیکھن والین

کرُن آڈزاڈ ریم چھہ سماجکس اکس مخصوص اینیاری کران۔

تہ کٲشیر منز چھہ لل دید گوڈنچ بہلہ پایہ نقاد۔ امی شِند

تنقیدُک کنواس اوس۔ سماجی نابرابری، اکس زنانہ پیٹھ

بےلیسی، وارِ وین ہُند ظلم، بُت پرستی، حیوانن پیٹھ ظلم،

اپزی عالم تہ گژیایہ روس ساد تہ سنت، ٹھگ تہ نقلی درویش،

فلسفہ فِکرِ ترنے فلسفی آسنک داوا کرن، فضول رسمہ رلواج،

تہ فرقہ پرستی خلاف کور امہ تنقیدی فلسفک ڈسلایہ۔ ادبی

تہ سماجی تنقیدُک اوپ ترٛوپ کرنک سلسلہ گو امیٛ پیٹھہ

شورو۔۔۔

اڈنچ سن دِتھ تھاوان مٹن
لوبہ لوچھہ لولان گنٹاینچ کتھ
فٹہ فٹہ نیرن تم کتہ وٹن
تزکے چھکھ تہ لور گژھ پتھ

(ا)۔

(۲) نقلی تپہ رٔشی ۔۔۔

ادلبتاری پوچھن چھے پران
میتہ طوطہ پران "رام" پنجرس
گیتا پران تہ ہیتھا لبان
پرم گیتا تہ پران چھس

3۔ وآرِو تہٕ ڈیکہ لاگٔنۍ سٕنٛز شکایت۔

ہیچھو ہار ژیجہ پیٚیٚشر شیٚو کال گوٚم
اَکھ چھاں پیشوم یتھ رازدانے
مَنٛز باگ بازرس قُلفہ رۄس وان گوٚم
تیٚر یتھ رۄس پان گوٚم کُس مالہ زانے

4۔ سمہٕ ژرار۔

کیاہ کرٕ پانٛژن دہَن تہٕ کاہَن
وۄکھٕشن یتھ لیٖجہ کٔرتھ یم گۓ
ساری سمٕہن یتھ رزِ لمہن
اَدٕ کیاہ زٕ راوِہے کاہَن گاو

5۔ سماجی نابرابری۔

گاٹلاہ اکھ وُچھِم لۄچہ ستۍ مران
پَن زَن ہران پہنہٕ واو لۄہہ
نیٚیش لۄدٕ اکھ وُچھِم وازُن ماران
تَتہٕ لُل بوٚ پرٕاران ژھیٚنٛم ناپراہ

6۔ بُت پرستی خلاف۔

دیٖو وَٹا دیوَر وَٹا
پیٚٹھہ بۄن چھُے ییکہ واٹھ
پوٗزٕ کُس کرکھ ہوٗٹہٕ ہَٹا
کَر مَنَس تہٕ پَوٗنَس سٕنٛگھاٹ

اکھ انگریز نقاد D.H.Lawrence چھُ وَنان۔

"Literary Criticism can be no more than a reasoned account of the cetting produced upon the critic by the book he is criticising. Criticism can never be a science. It is the 1st place much personal and in the second, it is concerned with the values that society ignores. The touch stone is emotion not reason, and nothing else. All the criticle Turddte about style and form. A critic must be able to feel the impact of a work of Art in complexity and force, to do so he must be a man of forceful complixity himself. which few critics are.

A man who is emotionally educated is rare phonix.

The more Scholastically educated a man is generally emotion-nal boor."

نقاد گژھہِ کاتھہِ تخلیقی چیز سنٛرس وسیتھ تہٕ جذباتی حدس تام گژھہِ
اتھ منٛز آورنہٕ یُن۔ اُدٕ آسہٕ تمی سُنٛز راے موخصۃ لرہِش۔ تہٕ زن گو بیلہٕ
اُسی لل دیٛد ہشد یہٕ واکھ پرو۔" اکھہ جھان پہو ہیتھ راز دانے"۔ یہ
چھے تمہٕ سماجچ کتھ کران ییتھ منٛز سو پانہٕ ہیٛتہٕ آس آمٕژ۔ ہتشہٕ نشد زلہٕ وٚٹھ،
خاندانس منٛز سرد مہری، وارِوی بازن نشد ظلم، یم ساری تحریرہٕ عملاوتھ
بیلہٕ تمہٕ یمی چیزن پیٹھ تنقید کوٚر، یہ نیٛوو وہ ستادانہٕ واکھ —

- Master Piece.

بیلہٕ تخلیق کارس وہ ہند سرِ کین زہن من چھے وزنی لگان تہٕ
شاہکار چھہِ تھنہٕ پیوان۔ اتھی شاہکارس چھُ پتہٕ نقاد کھو بہٕ
للہٕ وان تہٕ لول بران۔

پژھ کاْنسہ تنقید نگارس چھ تخلیق تولنکی الگ الگ
پیمانہ ۔ سایینسی نقادن ہنٛدی پیمانہ لگن نہ مذہبی نقادن ۔ سوشل
نقادن ہنٛد میزان چھُ اکھ قسمُک تہٕ کمیونسٹ نقادن بییہٕ طرقک
فنی نقاد ، آرٹ کرٹیٹک ، فکشن سپکس تہٕ فلمی نقاد ۔ فُٹ پاتھ
رایٹنگہٕ ہنٛد نقاد ، سیاسی نقاد ، ادبی نقاد ، معاشرتی نقاد ،
طبقاتی نقاد ۔ غرض ییتی دُنی ہیس منٛز فن چھ تیتی چھ نقاد ۔ پژھ کاْنہہ
نقاد چھُ پننہٕ پننہٕ آیہٕ تخلیقی عملہٕ شیر یار کران ۔

لل دید ییتہ چھ اسہٕ علمدار یا نے شنٛدرٕ ریشس نشہ تنقیدُک
پوشہٕ ون نظرِ گژھان ۔ امی تہٕ چھُ لل دید ہنٛدی پاٹھی زندگی ہنٛدین
مختلف عملن تہٕ سماجکین استحصالی عنصرن خلاف بر لوٗر تنقیدُک
استعمال کوٗر مُت ۔ امس متلق چھ یہ کتھ یکھائے زمانہٕ زامی
چھُ پانس پیٹھ تہٕ تنقید کوٗر مُت ۔ ییمیچ مثال اسہ کانٛسرس ادبس
منٛز خلے چھ نظرِ گژھان ۔

## نقلی درویشن متلق

(1) ۔

شئے چھنہٕ کھیییہ تھم ہشم ہشو
کینژن میتھہٕ ماز کینژن کرم
تہٕ کھتھ تہٕ ییو کھو ماشا ہشو
تہٕ ہییلہ پھیر تہٕ رہزن کم

(2) ۔

اُژ کر ریشے کیلک ریشی
یمن کھینس کُنے کم

کھائس زِ سَتھوَن نِشِم لَشی
اَکِس گوڈ گَلُ تہٕ ہیٚس کرزم
تہٕ کھسِتھ تہٕ بیٚلہِ خوٚدائے مُشی
ریٚشیے توٚہی تہٕ ژوٚر کم

اَوَل ریٚشی احمد ریٚشی دوٚیِم حضرت اویس آو
ترٕییِم ریٚشی زُلکا ریٚشی ژوٚرِم حضرت پلاس آو
پوٚنژِم ریٚشی رُمہٕ ریٚشی شیٚیِم حضرت میران آو
سَتِم مس کوٚرہَم دِشنا ہشی ہُکس ریٚشی منے کیٚاہ ناو

سوٚلنس تہٕ سرتلہِ اَکِہ ژٕ لُن
توٚے ژوٚن ہیٚسانی گلُن ہیوٚتے
وُچھُم ننددِن ییتھ تہٕ ڈیٚشِھن پھولُن
توٚے منے اَند وَن ژٕلُن ہیوٚتے

نرَ سیٚچھے ناران سیٚچھے
الشرَ سیٚچھے اَنتہٕ ہیتھ کپال
ڈٔنڈک وُنک راز رام سیٚچھے
اَسی سیٚچھے تہٕ کیٚاہ چھ گال

ژٕ دیٚلو دِر کھنس تہٕ گرگھس پرژنتھ
ژٕ دیٚلو گرزن ہیُندے چھاپ
ژٕ دیٚلو اَشکھسمہٕ رٕوستے وزکھ
کیٚاہ لوٚنیہ تہٕ کیٚاہ چھُ پاپ

دِتھتھ نَرسَن گورٕ تہٕ تُلرِس ماچھے
دِتھتھ ہَلَم ہٲلِس رٕوٕتہٕ ڈٕلَس دَچھ
لگہٕ پٲرٕ پٲرٕ چانہٕ قوٗدرآتہٕ سے
دِتھتھ رٕنٕسِس کستوٗرٕ رَچھ

برادٕری -

اَکِس مٲلِس تہٕ ماجہِ ہِندٕ بِن
تِمَن دِیے ترٲوِتھ تہٕ کٔشیاے
مُسلمانَن کٔشیاو ہیٚندٕ بِن
کَرَن بَندَن توشہٕ خوٗداے

اکھ مغربی نقاد الف۔ آر۔ لیوِس (F. R. Leavis) چھُ پننہِ

کتابہِ (Education and the University) منٛز

لیکھان۔ "From the literary point of view however there remain certain things which can hardly be said too often. Literature all will admit, very frequently provides social evidence, but those who look for this evidence and proclaim it, are persons whose training has been exclusively sociological."

یمن نقادن گژھِ سماجی شعور بیدار آسُن گوٚمُت، تِمن چھِ سماجی تنقیدک دس ہکان تھٲوِتھ۔ یتھ کنۍ آسہِ ٹل دیدہٕ تہٕ علمدار شیخ نورُن، سنیوٗ تہٕ یارِک سماجی مشاہدو تلہٕ لبنہٕ آو۔ یمن یارکتن ہُنٛدی تتۍ متعلق وٕلنوٗ یمی زیمی اوس گژھِ سماجی مشاہدہٕ تہٕ اتھ تنقیدس وٕلو ادبی تنقید کھوتہٕ سماجی تنقید۔

امہٕ پتہٕ چھُ پتہٕ آسہِ تس تنقیدک کانہہ پیمیلان۔ لوٚتام

ادبی اکادمس پتہٕ عبدالاحد آزاد گاشہٕ تارکہٕ شدی پاٹھی توٚن ڈراو۔ مگر کاشُر ادبچ بدقسمتی آس یہِ زِ یتھی یہِ گاہ ژھیٚپہٕ ون آشاوان ادیب نوٚن دراو تتھی لوٚس یہِ وُچھان وُچھان۔ آلہِ تیرِ نۍ روگُس تالہِ ژٔیل تہٕ منہٕ واد منٛز روٗٹ یہِ پانس تل۔ مگر اتھ کم وٲنسہِ منٛز یہِ کینژہاہ اُمی کٔرِتھ ہتھوٚد تہٕ چھُ ہاوُن یاوُن تہٕ تھکُن لایق۔

آزاد چھُ تخلیقی عملہِ منٛز تہٕ فلسفی انداز منٛز تہٕ عالمی ادبہٕ کِس پس منظرس منٛز پھوٚرس کتہٕ کوٚر شروٗہ۔ آزادس آو کاشِر ادبچ تاریخ لیکھنک تمہٕ ساتہٕ سوچ ییٚلہِ دستیاب مواد، رسل ورسایل تہٕ آمدنی ہنٛد ذرٟیہِ محدود آسی۔ مگر یم مشکلات آسنہٕ باوجود تُل اُمہٕ

کامہٕ مُنٛد دِس۔ تہٕ عَقل چھِ حٲرٲنٕس پیوان زِ کمہٕ عرق ریزی سان کوٗر
اُمی رٲدِس تِمَن گٲمتین شاعرَن منٛز کلام یکجا۔ تِہنٛز سوانح حیات لیچھن
تہٕ کم کاسہٕ تنقیدی رایہِ تہٕ لیچھن تہٕ ییتھ کٔنہ بنیوو یہِ وُنہِ ہاوکھ بروٗنٛہہ کُن
کٲم کرن والین نقادَن تہٕ تبصر نگارَن ہنٛد بابتھ۔

آزادنہِ "دَرِیاو" نظمہٕ مُتعلق چھِ نقادَن ہنٛز رایہِ زِ یہِ نظم
ہیکو اُسی عالمی ادبَس سوٗ تھرس لُر لُوٗر تھاوِتھ۔

مشہوٗر انگریزی شاعر "وَرڈسوَرتھ" دریاوس مُتعلق نظم
Tontern Abbey's اَس منز چھِ شاعر وَناں ـــ زِ ژور
لٹہٕ آس بہ یہِ دریاو وُچھنہٕ تہٕ مےٚ سپٕد پرتھ وِز الگ الگ
روحانی الہام۔ مےٚ باسیوو پرتھ سٹیچس پتھ ڈیش ستی رلنگ
تہٕ دیہ سپند پرکاشک آباس ییتھ کٔنہ کوٗر آزادن دریاو نظمہٕ
منٛز تمہ سماجک Disection یتھ منٛز سہ روزان اوس۔
سہ چھُ تمہٕ نوسوٗرلد سماجک پرتھ کاںٛہہ انگ نوٗن گڈان یتھ سوٗر
اوس لوٗگمُت۔ بیرو کریسی ہنٛد ذبہٕ دبہٕ۔ غریبن ہنٛد استحصال تہٕ
طاقت ور سُنٛد جلال۔ سہ چھُ اَتھ نظمہٕ منٛز انقلابس آلو کران۔ یہِ
نظم چھِ علامت نگٲری تہٕ استعارن ہنٛز لوٗبہٕ وٕنی مثال۔

آزادن کوٗر کتہٕ ریاکاری بغاوتہٕ انسان دوستی تہٕ سیاسی
فلسفک ایلان۔

لولس مخول مو کر لولکہٕ ترانہٕ والے
گیتایہِ کتیاہ خطا کھوٗت وُنتو قورانہٕ والے

•

(یا)

کیٚنٛہہ پران کُفرٕکی ترانے
کیٚنٛہہ چھِ دینکی دَم دِوان
چانی لولن رٕوچھ یِمَو
داغو نِشے داماہ میٚون

(یا)

نیازن کینٛہہ تہٕ میٚونے پان
طنازن کینٛہہ تہٕ میٚونے پان
لوان ییٚلہٕ اور ماہِ رمضان
بیٚہان میانے گرے بوٚ مبرو

●

- دُرہِ یاد -

لوان چھم زندگی ہُنٛد سوز، سفرن تہٕ مٔنزلن اندر
وُتھے چھس راتہٕ کرٕلین منز، تیتھے چھس بُلبلن اندر
لوان چھم زندگی ہُنٛد سوز سفرن تہٕ مٔنزلن اندر
نہٕ چھس کانٛہہ نوکراہ اُفسر لیکھم ناقابلن اندر
لوان چھم زندگی ہُنٛد سوز سفرن تہٕ مٔنزلن اندر

●

سہٕ اوس مہجورٕ سُند ہم عصر۔ تس اوس مہجورٕ سٕنٛد تخلیقی تجربہٕ تخلیقی شعورٕک پور پاس۔ تس اوس سٕنٛہ شوق زِ مہجورٕ ہیٚو تہٕ ہِشانک گونمات تہٕ گوزرہ تتھ انقلابس آلو کرُن یُس اَمہٕ ساتہٕ عالمی پیمانس پیٹھ یحاظہٕ اوس کرٕتھ۔ یانے پرولتاوی انقلاب۔ مگر امہٕ وٕتہٕ تُکن اوس اوس نار تیٚنگل ژاپنی تہٕ تیزاب وانہٕ ہتھ چھلن۔ چنانچہ ہشوک نہٕ مہجورٕ آزادس لرٕ لورٕ ٹیکھتہٕ تکیا زِ سہٕ اوس نہٕ ییٚنہ مخصوص

وطنیر بدلاوُن پرٛزھان ۔ ہنا اوس تتھ منٛز تمِس خاندانُک اَثر ۔ پیر مُریدی ہُند زیُوٗٹھ جاگیر ۔ پٹوآری آسنہٕ موکھہٕ سرکاری اَلوانن سیتی قرابت ، قومی شاعر آسنہٕ موجوب لُکن سیتی نزدیکی رِشتہٕ ، سیاسی لیڈرن سیتی دوٗستی بہن ۔ علامہ اقبال سنٛز دوٗستی ، محمدالدین فوق سٕنٛز رفاقت تہٕ مالی خوشحالی کنہِ ہیٚوٚک نہٕ تمُو آزادی پانٛچھی نار کوٗٹھن مینٛچھی کٔرِتھ ۔ آزادن ہیٚوٚک نہٕ مہجورُن عشقِ وطن نارٕ الاوس منٛز تبدیل کٔرِتھ تہٕ مہجورن اوس زیُوٗ تمُت زِشِنٛز کال چھُ موکلنس تیارتہٕ سوٗنتہٕ بامُن کرِ حلدے ساری ہے لوٗشہٕ زارس منٛز تبدیل ۔ امہٕ کنہِ کوٗرنہٕ تمُو پنُن عشقِ سوٗنبلتاپہٕ منٛز گڈِتھ کھارٕ والنس حوالہٕ ۔ آزادن بیٚیلہِ مہجوری قدامت پرستی محسوس کٔر ، تَس ژوٗل بیٚ مہجورس مُتلِق بیٚنوایہٕ یہ تنقیدی شار نیرِتھ ــــ

ٹیگور صابن لوٗلہٕ مَس شگالی ملرین لوٗر

مہجور صابن لوٗر اَکِس نٹہٕ وارِ پکھر لوٗر

اقبال صابن مردِ موٗمن کھور عرشس پیٹھ

مہجور صابن کھور تمبکھ نارِ پکھر لوٗر

مہجور صاب اوس یمن دوٚہن آستان کمیٹی پکھر پورٕ نِک صدر ۔

محمد یوٗسف ٹینگ چھُ مہجورس شروٗتھہ کتہِ کور گنٛزراوان ۔

مہجور شناسی کتابہِ منٛز چھُ ٹینگ صاب وَنان ــــ

" آزاد ما آسہِ ہے لوٗڈ فلسفہٕ دان " یہ وُنِتھ چھُ ٹینگ صاب آزادس پیٹھ تشکیچ پرکھ تراوان ۔

محمد یوٗسف ٹینگ صابُن دمہٕ یہ نیاز مندانہٕ مشورٕ زِ اگر تُہۍ مہجورنی پانٛچھی آزاد شناسی پیٹھ تہٕ کتاب لیکھو ، تُہۍ بابہ پانے

فلسفہ۔ حکمت، دانشمندی، علم، تہٕ عالمی ادبکس شعرس ہیٚتھ چھنہٕ آزادی ہمسری کران۔ آزادس آس سیر پانژالکمن بالن اپور نظر آزاد اوس تخلیقی سدرتہٕ مہجور اوس آبہٕ سر۔ مگر اتھ سرس اوس اکھ صفت زِ یہ اوس آدمی لُٹتی منز لہذا آسی اتھ اندی اندی شنگ مرمرکی سام آہتی لاگنہٕ تہٕ اتھ ژوالپور آسی شیٚہجار دینہٕ واٮ۪لی سروٗ لاگنہٕ۔ مگر امیہ ستی ہیکوٚ نہٕ اسی سمندرک باڈو تہٕ سہ گرزن کم گرتھ ییمہ ستی مدو جذر یا دگرشِھ لال تہٕ جوہر ہٕھٹن چھ لوان جھکنہٕ۔

مہجور اوس امہ رنگہ ڈیکہ لوڈ زِ تس میوٗل عامہٕ شاباس منز ترتھ اند داہ واہ تہٕ شاباش۔ سیاسی حلقو منز آو تس استقبال کرنہٕ۔ سرکاری ایوانن منز دچھکھ تس نزتہٕ جیہ نظرو۔ اتھ برعکس لوٗگ آزاد اہر ترھلین چھیٚپہ۔ سرکار ناراض، محکمس منز ساری خلاف۔ نوجوان نیچو ژاس مزارس۔ تکو وونس الہاد تہٕ کفروٗن دول پیرزادہ آستھ ژھس تکو ترآوتھ۔ یمو سارِوے انقلابوتہٕ گرہ کارو پیتہ تہٕ ترآونہٕ امی پننی ( Commitment ) کنج کلاہی۔ وونی چھ ٹینگ صاب دوٚیم فتوا دِوان زِ آزادس اوس انتظامی مشینری ہندا اکھ لوڈ طبقہ حمایت کران تہٕ منٹھ منٹھ دِوان۔ ییمہ کنی تس ژروٚنہ پکنک موقہ میوٗل۔

ٹینگ صابس پرژھہ ہایہ۔ توہہ چھوا باسان آزادن ادبی بجر اوس تیوٗت وسی پایہ زِ اگرنہ تس منٹھ منٹھ دمہ ہاو تہٕ یہ آسہ ہے رآوس تل گومت۔ توہی چھوا ونان زِ گاسترادچ تاریخ چھ ترآوتھ ژھنتس لایق۔ توہی چھوا ونان "دری یاو" ہش نظم چھ ژدی کاغذس ستی تھولنس لایق۔ اگرنہ آزادن ادچ تاریخ

لیچھمپٹر آسہٕ ہے ۔ اوتار کرشن رہبر کتہٕ لیکھ ہے "کاشرٕ ادبچ تأریخ ۔ اَسہٕ آسہٕ ہے وُنہٕ تہٕ ادبچ تأریخ لیکھنی ۔ میٚنے چھُ باسان یُس مقام گلہنس کاشرس تأریخس منٛز چھُ، سُے مقام چھُ آزادس کاشرس ادبس منٛز ۔ یتھس شاہنہ تھدس قلم کارس کُس ہیکہٕ ہے مٕتھہٕ منٛڈ دِتھ ۔ یہ چھیٚ سوچنس لایق کتھ ۔

ماسٹر زندہٕ کولن یہ وَنُن چھُ سٕبٹھاہ اہم ۔ "مہجور چھُ ڈل آیہٕ کیس شٕتھرس پیٹھ اکھ کمپوٗٹکی پاپھٹھ ۔ مأرۍ مۆنٛد مگر یکیٛ رنگ ۔ یُس سنٛزن لشہٕ ناواقف چھُ" ۔ تہٕ ییٚلہٕ میٚ اکہٕ دۆہہ عبدالاحد زرگرس پرٛژھ ۔ حضرت مہجور صأبس متعلق کیاہ راے چھےٚ تُوہہ ۔ تمۍ وۆن ــــ "کُس مہجور ؟ ــ ساسہٕ البانہ شأیر ــ" مأرۍ منٛز سأنۍ البأنۍ ہیٚ ۔ تس کیاہ چھُ کلامس ستۍ مطلب ۔ سُہ گو تکُ بنٛد ۔ سُہ کتہٕ ژاو شأیرن منٛز ۔"

مگر اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہ زِ مہجور کیاہ چھُ بحیثیت شأیر کُنہٕ تہٕ رنٛگہٕ آزادس وسۍ پایہٕ ۔ مہجورنۍ استعار، پیکر، تشبیہ چھُ تھکنس لایق تہٕ واریاہن وژنن تہٕ غزلن منٛز یُس سنٛزر، بأو، پایہٕ ہاوٕنہٕ گژھ، زبأنۍ پیٹھ گرفت، ترنم خیزی، اَسہٕ مہجورس تِتھ لبنہٕ چھےٚ یوان، خالے ہیکہٕ کانٛہہ اَتھ ہمسری کٔرِتھ ۔

لیکن منٛز یوٗت آزادی ہنٛد ولولہ سیاسی لیڈرو یاد کوٚر ۔ تمہٕ کھۆتہٕ زیادہ کوٚر مہجورن یاد ۔ ــ

بنٛیل کر، واو کر، گگرایہٕ کر، طوفان پیدا کر
ولو ہا باغوانو نوبہارُک شان پیدا کر

باسان چھُ مہجور چھُنہٕ کُنہٕ رنٛگہٕ تہٕ انقلابہٕ کہٕ آلوٚنتہٕ ہیٚ خبر ییُس آلو آزادن

دِتٕمُت اوس۔

مہجورؔ چھُ نوبہارُک شاعر۔ سونتھ کالُک تہٕ وَرکیمن ہُنٛد آلو تہٕ
حلن تہٕ قمرین ہُنٛد سوز وُزناوَن وول شاعر ؎

چھےٚنہٕ خالی کتھ چھےٚ تالی وٕنہٕ زلہِ جامہٕ ژٕٹے پانس
کتہٕ آکھ نیتھہٕ گنٛڑِ خون ہیتھ اٚڈ بارٕ گُلابو

اتھ چھُ زمعنی۔ اکھ جنسی تہٕ بیاکھ انقلأبی۔ گولابُک رنگ تہٕ اَرغوانک
بروٚنٛت۔ یمہٕ دوٕ شوےٚ کتھہٕ چھِ مہجورنس تخلیقی شعورس منٛز۔ انقلأبی
زِتنہٕ چھُ اٚہنٛدِس شعورس تہٕ لاشعورس سٕتی نقش تراوان۔ اٚمی
سٕنٛدِس لاشعورس منٛز چھُ انقلابچ آڈرُن، تخلیق کار چھُ تہٕ سوریے
بدلاوُن، تہناوُن تہٕ مٹاوُن یژھان یہ کینژھا اٚمی سٕنٛدِس شعوری
شمارس نال وٕلتھ چھُ۔ لیس دُنیا اٚمی خایِن تہٕ تصورس منٛز چھُ
دآیر وومُت۔ سُہ دُنیا چھُ تمہِ سرحدٕ اپور یتہِ سرحدس تام جہالت،
غُربت، اِفلاس، لپماندگی تہٕ غوٗلامی ہنٛدی زولانہٕ چھُ نال وٕلتھ یِیمہٕ
باپتھ وٕزِلی اِنقلاب اَنُن ضٔروری چھُ۔ مہجورن بجر تہٕ تھفرز چھُ
یِیمہٕ کتھہٕ سیتی توٚن تیران زِ اٚمی کوٚر تصورس تہٕ خاین منٛز وُزناوی میس
نیا کشیرس سیتی سمجھوتہٕ۔ آخرس کوٚر اٚمی تتھ نظامس خلاف اعلان
جنٛگ، یِیمی نظامن اٚمس شایرِ کشیر آسنک خطاب اوس دِتٕمُت۔
آزادی یہ پیشنگوئی سپیز ثابت زِ مہجور چھُ محدود دایرس منٛز سوچان

ٹیگور صاٮ۪بن لولہٕ مس بنٛگالی ملرین لوٚر
مہجور صاٮ۪بن لوٚر اٚکس نٔٹہٕ وارِ پکھر لوٚر

اٚمی لوٚ زگوڈ بُلبُل سٕنٛد وبداکھ ؎

لوشہ ٹوٗری خاموش پوٚر سامانے
زٕتھو پیٚہ چھے روٗد پسنز پانے بوز
کتھہ سیتی بوٗے گُل گو پریشانے
بُلبُل سُند افسانے بوز

اُمِس آو تیتھ سوٗنچہ سٕدرس واوِ طوٗفان یتھ منز اُمی ارمانن
ہُند جہاز اوس ترووُمت یتھ ووٚمیز بیٹھ زٕ دوٚنی لگہ واوِ لینس
منز ییتھ لوٗسی مِتس قومس تار۔ مگر نہ سپدنہ پوٚر۔ یہ گوو موٗیوس
اُمی وُچھ آزادی ہُندِ سُہ روٗح یُس نہ اُہندِس تصوٗرس منز اوس۔
سرکاری پرزتھ افزآیی تہ خلقت بردآری ہُند کانہہ پرواے کرنہ لگار
کوٗر اُمی اتھ نِظامس خلاف اعلانِ جنگ ۔

تتہ چھا رایہ راےٚ ژوٗن تیل باگران
تتہ چھا چور بازار

اُمِس باسیوو یہ سوٗرے نِظام لیُس عوامن ووٚزل خوٗن سٕرگن وتھرتھ
لولہ مایہ تہ ووٚمیز وسیتی ہٕنوُمُت اوس۔ امہ نِظامچ لاکم آس ٹھگن، ژوٗرن
ووٚڈلن تہ شیطانن اتھہِ لگیمژ۔ چھٹی میتہ دِلہ تہ ڈدِ ونہو اُچھو دیتہ اُمی
دِلہ چین تارن مِضراب ۔

سو تہ سُند کھوس تے روٗد پسنز تھآلی
کتھہ کتھہ چھے پٔتبر زآلی ییے
پھولہ وِنہ باغہ منز ڈرائیکھ خآلی
کس ہاوِ یاوُن یآلی ییے

• پوش اوس جامن تہہ کرِ ناوان
نار تتہ ناوان ناوان گود

ناوِ سٕتھ میٚتر بیٚٹھ لر گوٚو تراوان
دِل میٖون راوان راوان گوٚو

•

حکیم لیس ژ آسکھ تٔمِس دود کرِ کیاہ
سُہ بیمار زانہٕہ نو بلان ٹاٹھہِ یارو

•

آدلُن ژھوٚر پیالہٕ ہیتھ پھیران نٔران رالتس دوہس
دٔیتن نہٕ آسن وآلی ڈٔری یاون تٔمِس اکھ قطرآب

•

ییٚمہٕ ساتہٕ مہجورس چھُ ونان ـــ "تتہٕ چھا پیتھے خانہٕ دار"۔ امہٕ کِس پس منظرس
منز چھُ سُہ مظلوم صاف لبنہٕ یوان ییتھ پژھ راونکُ قدر مِتھ ماندِ گژھنک
آیڈیلِی وُسی پینکُ دود تہٕ دگ مہجورس یانہٕ مٔرِس چھِ واتناوان ـــ
تتہٕ چھا کنٹرول انتظام گول مول
تتہٕ چھا چور بازار
تتہٕ چھا رایہٕ کھٔن حینٕ باگران
تتہٕ چھا پیتھے خانہٕ دار
یہ دگ چھِ تمہٕ ساتہٕ نٔی نیران ییٚلہٕ مہجورس تیمن خابن، ژلمہن تہٕ امارن آخری
سلام چھُ کران ـــ
یہ آزآدی چھِ تراوان مغربس کُن رحمتک باران
کران سائنس زمینس پیٹھ ژھرے گگرایہٕ آزادی
یہ آزآدی چھے سورِ گیچ حوٚر پھیرِ تا خانہٕ تہٕ خانے
فقط کیشترِ گرِ اندر چھے ماران گرایہٕ آزادی

•

کاشرِس اَدبس مَنٛز چھِ فقط شارِ ذا تھے یا تٕر یتھ باگہٕ لوٗرِت
لوگ چھُ حصہ آمٕت ۔ اَدبچہ باقے لنٛجہ مثالہٕ پاٹھۍ — افسانہ، ناول
فکشن، سائینس، جُغرافیہ، تأریخ، فلسفہٕ وغارٕ رودی وۄنہٕ مُنٛزلس
نکھے ۔ تہٕ یِمن اَدبی لنٛجن کُن چھُ زیادٕ کھۄتہٕ زیادٕ توجہ دِنہٕ ۔ خاصکر چھُ
بالہٕ یپارٕ روزن والین بہلہٕ پایہٕ اَدیبن مثلاً ۔ ڈاکٹر رتن لال شانٛت
موتی لال ساقی ، ارجن دیو مجبور، امر مالموہی، ہری کرشن کول ،
اوتار کرشن رہبر، موتی لال کیمو، تیج راول تہٕ ڈاکٹر رتن تلاشی،
افسانہٕ نگار، نقاد تہٕ ناول نگار تہٕ ڈراما نولیس وغارٕ یِم اَدبی سمارس
منٛز مانٛنہٕ چھِ آمٕتۍ ۔ تہٕ بالہٕ آپارٕ اختر محی الدین ، مشعل سلطانپوری،
امین کامل، نشاط انصاری، م۔ ح ظفر، گُلشن مجید، شفیع شوق،
رحمان راہی، ایوب بیتاب، ظفر اقبال وغارٕ ۔ یہ اَدبی کارخانہ
چھُ ییٚنہٕ دِنے ہیٚکن سیٹھا ۔ یِمے چھِ شارِ نغار باقے اصناف اَدبس پژوٚہنہ
لیکناوُن والی تہٕ نقادن نِش جواب دِنہٕ تہٕ بیٚیہ چھُ اَتھ ماوانس منٛز
داراہ قلم کار یِم حوٗ آئی ہنٛدس تہٕ یاونس گژھہ باغس منٛز اچھہ پوشن چھ
چھاوان تھوٗتہٕ چھُ ووٚنی کاشُر اَدب یہ دشرھے ژٕرتہٕ آدتھ قدم تُلمت ۔
تو تہٕ وۄنہٕ یہ ژٕ تحقیق کِس مامُلس منٛز چھُ موتی لال ساقی تن تہٕ تنہا بُجر
پراٹاں ۔

حامدی صاب، مرغوب بانہالی، اسیر کشتواڑی، عزیز
حاجنی، غلام محمد شاد، شاد رمضان، حسرت حسین، تنہا انصاری،
غلام نبی آتش چھ تحقیق تہٕ تنقید چہ مہرِ تہٕ ورُدن کیناوس لگی مِتی ۔
نثرہٕ اَدب چھُ تیثوٗت ووٚسی شُدرٕ ریم گاشہٕ تارکھ واتن امہ کِس کِس
کوٗنس منٛز تہٕ باقے علاقہٕ روزِ خالی ۔ امہ انیٚتھ چھُ وارِ ہین قلمکارن

اَتھ ناوِ ہیم رَٹُن۔

کأشرادبی تنقیدُک ڈیکہٕ بحر چھُ کأشرِ نظمہٕ باگہٕ آمُت۔ مگر اَشیکُ چھُنہٕ یہِ ہرگز مطلب زِ غزل، مثنوی، رزمیہ تہٕ بزمیہ قصہٕ کیاہ چھِ یکسر نثراوِنہٕ آمتی۔ کأشر صوفی شأیری ہشر غزل تہٕ اَزِچ غزل چھیٚ کُتہٕ کور بدلیمژ۔ اَزِچ غزل چھیٚ نہٕ معشوقہٕ سٕندی زُلف پأراونس مشر لگیمژ۔ بلکہ آہرٕنژ ھلس مِیٹھی کران تہٕ شوِدٕماسن لرِ لوٚر لکان۔۔۔

"کیٚہ کرِ بانگہٕ سرِ ین پیلو کورٕ کلس
پیتھر کیم گتہٕ ٹدر رینیہٕ کلائن انٛدر
سٕڑک زیٹھ زیٹھے یہٕ شأیل ووجود
ہیٚ سوکھ زو ژمان گیٚیہٕ شیلاین اَنٛدر
خبر کمیٚ دوٚنکھ بالہٕ ہتی کِنی چھُ گاش
یکان گیٚیہٕ تو یم بلاین اَنٛدر
نہٕ آشِے نہٕ گاشِے نہٕ کانہٕ سِری یہٕ اور
یکان کرٕنژ چھےٚ خألِص دِشاین اَنٛدر
جبر کوٚر مےٚ پانس ستم ژآلی ژآلی
بہٕ چھُس ووہنی اَسان ٹاسہٕ راین اَنٛدر
مےٚ چھیم نال ڈُلی ڈُلی فقط حأری تأتھ
ووہان چھیم تبٕنگل شیشہٕ مانین اَنٛدر

● ــــــ آشِے

شار پرکھأیی باپتھ چھُ اعظمی سٕندوَنُن:۔۔۔
1۔ تخلیق کارکوتاہ لوختہٕ شعوٗر آسہٕ تھاوان۔
2۔ کُنہ خدس تام آسہٕ تمِس حبسہٕ آگہی

3- لۄتاہ سنِبر کلامس منٛز آسہٕ۔

4- ییٚژر زبٲنی سیٹھ گرِفت آسٕنؠ۔

5- محسوساتَن ہُنٛد عالَم لۄوٕت منٛزرٕ پٲدٕ کرُن۔

6- شارٕ وَنٛنچ ڈَگ پٲدٕ گژھنۍ۔

7- قدرَن ہُنٛد مُلہ مایہ لۄوٕت لسٕ پرٕزناوُن تگُن۔

8- رِشتن ہُنٛد دوٗرٕ رُن۔

9- تنہٲیی ہُنٛد احساس۔

10- وۄنٛدُک طلاطُم۔

11- سماجی قدرن ہٕنٛز مسمٲری۔

12- نفسیٲتی عملہٕ منٛز ادیب سٕنٛز ذٔہنی شرکت۔

موٚختصر وَنوٚ یہٕ زٕ ییمی سٕنٛدس وۄنٛدٕ سمسارس لۄوٕت طلوطُم آسہٕ تمہِ اَنٛدازٕ آسہٕ تخلیق تہٕ۔

سٕنٛجِد کمن چھکھ کران — خوفہٕ کہ ہُنٛد چھکھ مران

لال چھکھ بأگران — براٹھہٕ کنٕنس سوٚن جران

آسہٕ تہُنٛد وۄزٕل خوٗن — چھےٚ ژٕٹے رگن منٛز یہٕ آب

## اِنقلاب اَن اِنقلاب

یہٕ شار پرِتھ ہیٚتھ چھُ اَنٛدازٕ ہیٚکان لگِتھ زِ قلمکارس [آزاد] کٲتاہ چھ جذبٲتی شِدَت۔

نظمہِ ہُنٛد دُسلابہ کوٚرُن ہُنٛدٕ رٔشی۔ یہٕ چھُ نظمہِ ہُنٛد بآنی کار گوٚنٛگُل نامس منٛز چھ اُمی سبٹھاہ چابُک دستی سان رۄحٲنی مرحلن تہٕ آدی جانن ہیٚنٛز وَکھنے کٔرمٕژ۔ نظمہِ ہیٚنٛدِس اَتھی آکارس خبری پرٕمانٛدن یادنمایہ ہُنٛدی پوش تہٕ پینٛزی شُہرِ آفاق نظم۔ "سنتوشہ بیالہ بوٚ آسہٕ ہُنٛد کھیل"۔

ۆنتھ کوٗرٕن لمیلایہ ادبس گراں قدر بر۔
عالمی جنگ اَندس واتنس نکھے ژٹ زندگی ہنٛد لۆ مسلو
شاعری منٛز جاے۔ ہیتی رنٛگی آیہ نظمہ منٛز بےشمار تجربہٕ کرنہٕ۔
نفسیاتی، قومی، انقلابی، اِصلاحی، معاشرتی تہٕ سائنسی مسٔلن
آو دل دِنہٕ۔
نادم چھُ سہٕ گوڈنیُک شاعر یَمہ نظمہ ہنٛد دامنہٕ سیٹھاہ
کُشاد کوٚر۔ سہٕ چھُ جدید شاعری ہنٛد بابہٕ آدم۔ اَمی لیٛوکھ لۆ مبر تمہٕ زل
فیچہ یس ژنی ہیکہن بے شمار ملکن منٛز سٹیج آو کرنہٕ۔ گوڈنچہ لٹہ آیہ یو
ژنی یہس منٛز ادیبن تہٕ نقادن زٕ کاشُر زبان چھ قابلِ توجہ زبان۔
تہٕ اَمیُک سہٕ نظم۔ "ونتھ آیہ مہریٔنی سو نوٚ نیٛیے" گو سیٹھاہ مقبول
تہٕ پرٕتھ کانٛسہٕ کھوت یہ نظم زئو بیٹھ۔
نادم چھُ کاشر زبانی ہنٛد کلیہ وُزکھیہ۔ اَسی ہیٛمہ اَنٛد کاشرس
نظمس نظر ترٛاوو۔ اَمہ کلیُک سایہ تہٕ شیٛہجار چھُ نظر گژھان۔
نادمن لیٛچھ ترقی پسند ادبس تل نظمہٕ۔ یمن اَزکل یہ تنقید چھُ زِ یہ
شاعری چھنہٕ تہٕ نار بازی بغار بیہ کینٛہہ۔ مگر اتھ منٛز تہٕ پیٛلہ اَسی نادمنہٕ
نظمہ چھ پرانہٕ، مدریر ہنٛدٕ چھُ وُٹھن لاران۔ اَمی کر کاشر شاعری منٛز
فری ورس ( Free Verse ) تہٕ بلینٛک ورس ( Blank
Verse ) شوٚروٚ۔ سانیٹ ( Sonet ) لیٛوکھن تہٕ جاپانی
طرزکیں "ہیکو" نظمن تلن دس۔ جاری تھاتھ لیکھن۔ یم زن
( Modern Sensiblity ) ہنٛدی دلچسپ نموٗنہٕ مانہٕ
چھ لوان۔ مگر یہ کیتھ کرنی تہٕ گژھ سیٹھاہ ویٹھ زٕ نادمس ثروٗ ہہ
کیٛاہ اَسنہٕ شاعرن خبر بے زٕ عالمی پیمانس پیٹھ کم نوی خیال

چھُ بارسس آمتۍ ۔ تٲدنس وقتس تام اوس سماجی فلاسفرو اقتصادی ماہرو تہٕ نفسیاتی سائنسدانو دُنیاہ پننیو خیالو ستۍ اُلہٕ رووُمت ۔

کارل مارکسن وۄن طبقاتی تہٕ پرولتاری انقلاب ۔

روٗسوہن دیت فتواہ زِ آزادی چھےٚ انسان سُند پیدایشی حق ۔

ڈارونن وۄن زِ انسان چھُ پٕنزِ سٕنز ترقی یافتہ شکل ۔

فرائڈن وۄن دُنیہس منز چھُ پرتھ کانٛہہ کام جنسی جذبس تل کرتہٕ لیوان ۔

مارٹن لوتھرن وۄن شہنشاہی چھےٚ نہٕ خداین سُند عطیہ، بلکہ چھُ یہِ عوامک استحصال کرنہٕ کنہِ بارسس یوان ۔

(Divine Right of Kings) چھُ تمۍ بوٗدمُت یمہٕ عوامکۍ دُشمن تہٕ شہنشاہن ہندی باج گزار آسی تہٕ پادری ہیکن نہٕ کانٛسہٕ جنتس گژھنچ سارٹیفکیٹ دِتھ ۔

ایلیٹ سٕنز شہرہ آفاق نظم (Waste Land) ییمہٕ ستۍ قدامت پرست شاعری منز زلزلہٕ آو ۔ بینٛیہ جدید اَدبچ اکھ میلہٕ پٹ قافکا تہٕ ازرا پاؤنڈ سُند بوٗ تصوراتو بدلو وفنک سوٗرۍ گنواس ۔

سارترن وۄن انسانس چھےٚ نہٕ خبر رِ تسہٕ کتہٕ آو تہٕ کوت چھُس گژھن ۔ انٕہ گوٹُے انٕہ گوٹ ۔ سارٕی رِشتہٕ چھہٕ اضافی ۔ قدرہٕ چھہٕ وقتی پیداوار تہٕ کُنہٕ قدرہٕ چھُ نہٕ بقا حاصل ۔

قدرن ہنٛد یہ تسلسُل نیہٕ نوو اُمی ینہٕ کتابہٕ "بینٹ جنٹلس" منز ۔

یمو سارِوے انکشافو اُلہٕ رووو انسان سُند سہ محل خانہ

لیُس قدرن ہیندِس سوٚتھرس پیٹھ اِستاد اوس۔
ڈاروِن تہٕ فرائڈ سِندلو اِنکشافاتو ترٛوو اُدیب دٔزوٗنس سیٚکہٕ صحراوس
پیٹھ۔ اِنسانس موکلیوو تمہٕ ساتہٕ اشرف المخلوقات آسنک دٔبہٕ دٔبہٕ۔
بیٚیلہٕ تس یہ ننیوو زِ سُہ چھُ اصلی تلہٕ پٔنٛزِ سٕنٛز ترقی یافتہ شکل۔ کارل مارکسن
دوٚن زٕغربین چھُنہٕ راونہٕ بابتھ کیہہ۔ مگر اگر تم سرمایہ دارس خلاف
فٲصلہ کُن لڑٲے کرن، دُنیہس منٛز گژھہِ پرلتاوی انقلاب یِتھ پٲدٕ یہٕ حیثیت
کٔشن ہنٛز حکوٗمت ہیتھ یلہٕ تمن دٲنِسہٕ ہندی نارِ تِتھ۔ اَمہٕ مولوٗماتی خٲبرِ
بدلوو اِنسانی سوچ تہٕ تمہٕ لوگ ووتی نوٚو اَنداز زِندگی پیٹھ سوٚرن سوچُن۔
رِلوایتن ہنٛدی قلعہٕ گیہٕ مِسمار۔ اُمس منٛز خو دبینی پٲدٕ تہٕ نظمہٕ بدلیوو
(Thought Content)۔ اتھ منٛز آو اوسیر گوہ۔ اُدبن لٲگی باطنی زندگی
ہنٛدی مولِلی، لطیف تہٕ نوزُک بیٚحساس تٕلٲونی۔ نظمہٕ ہنٛدکاڈ کڈنہٕ سٕتی
گیہٕ یہ نظریاتی افراتفری ہنٛز شِکار۔ گوڈٕ گیہٕ اُدیب مارکسی نظریہ
سٕتی متأثر۔ آزاد چھُ اَمہٕ کاروانک میرِ کاروان۔ مہجوٗرِ تہٕ اوس ترقی پسند
اَدبہٕ سٕتی متأثر مگر سُہ ہیوٚک نہٕ تمہٕ Set up نِسبر نیرِتھ لیُس تیُس
اُنٛدی اَنٛدی ڈٕہرتھ اوس۔ بیٚیہٕ آس لٔس شاید تحریک آزادی سٕتی
زیادٕ Commitment تہٕ رِلوایتس سٕتی بغاوت کرنک
اوسُس نہٕ بیترُ۔ اتھ بَرعکس چھُ آزاد طلاطُم خیز شاعر یمی سٕندِ
تخیلی منٛز تارہٕ بٔرتھ آسہٕ نیران ؎

پھیر مہٕ لوٚت تلُ قدم نیرِ ژھٕ یم حجاب
یی چھُ ونان انقلاب اُتھی چھِ ونان انقلاب
ووتھ پانہٕ پنُن سٕنٛز کر، بن پانہٕ پنُن رہبر
اوتار تہٕ پیغمبر لوان آسی تِتھ کالے

نادِم ییتھ کنٕی ترٛوٗتھہٕ ونہٕ آو، اوس رلوایت شکن تتھٲیہ

اُمی بدلوو نظمہ ہنٛد ڈیکہ لون ۔ اُمی دیُت پرانین علامژن نوٚو اظہار تہٕ اکھ

ترُھونے دِژ اُمی کانٛسٕرس نظمس ییمہ ستی ژٕن ساری قلمکار مترٕ ننیدرِ بیدار

سپدی ۔

بہٕ دِمہٕ تہٕ دِمہٕ نہٕ، دِمہٕ نہٕ رتھ ہِنز کنِنہٕ

دِما بہٕ زمیتھ شرٕ کنِنہٕ، بہٕ دِمہٕ نہٕ رتھ ہنز کنِنہٕ

انقلابس بوٚزُن لول تہٕ پرآنس بوٚسیدہٕ رمالس کورُن ژکہ

پھیٹر کرُنک سنٛز ۔

زٕرس پوش زردارٕنے راج روزِ نیا

ژھرین لور کٹھین سٕرس تاج روزِ نیا

اُکس ژوٚر تہٕ ہربیا کھمہ حتاج روزِ نیا

تہٕ مغرور سرمایہ دارن پرژھ چھیم

ییم نادِم صٲبنی ہم عصر آسی متعلق رٲہی، فراق، سنتوش، ارجن دلیو

مجبور، عبدالستار رنجور، پُشکرہ بھان، پریم ناتھ سادھو، محی الدین

گومر، تاجی منور، بیکس، چمن لال چمن، پرتھوی ناتھ سایل وغارٕ

ییم ساری گیہ اُمی یاریلہ ترٛیش جینس آماد ۔

مگر کیٚہہ کالہ گژھتھ آو یہ مارکسی ادب سخ تنقیدس

تل ہینہٕ ۔

## نقادو وون اتھ ادبس متعلق ز

1۔ اتھ اندر چھےٚ داخلیت کم تہٕ خارجیت زیادٕ ۔

2۔ یہ ادب چھُ پارٹی ہنٛدس مینوفیسٹو ہس اندر لیکھنہٕ یوان

3۔ ادیب زٕن چھ گُدآمس گنڈتھ چار ووےٚ ۔

4- اَمِس چھُ مسیحنت کشِن تہٕ عالمی انقلابس مُتلق لکھُن۔

5- یہ ہیکہ نہٕ پننہِ کانٛہہ راے اَتھ منٛز دِتھ۔

6- یہ گژھہ پارٹی ہُنٛد وفادار آسُن۔

7- اُدیبس گژھہ پَزِ آسنہِ زِ سورُے ادب چھُ سماجی رشتن ہُنٛد پادا وار۔ لہٰذا گژھہِ اَدیب ہمیشہٕ طبقاتی کشمکش نظرِ تَل اَتھ قلم تلُن۔

8- اَمہِ سٕنٛد تحریر سٕتی گژھہ ژھوپا سے انقلابی ماحول تیٛارُن یتھ مسیحنت کشن ہُنٛد پرولتاریٹ راج قایم سَپدِ۔ اَتھ فلسفی آوٕ ساروِے کھوٚتہٕ لوٚڈ تنقید یہٕ زِ امہِ کٕ ٹاسر وُچھ وُدتہٕ دِندِکین زِ منٛز مَن پہٕ ہیوٚشتہٕ وُھرن ہٕٹ بافِ زِ چھٕ ووٚن۔ خوشبوے بلکہ مترہ پینٛٹنگ ہنٛدی ترٕسی ژوا پارٕ ہی۔ اَتھ شاعری اوس نہٕ دِلک سہٕ زیروبم سٕتی یُس لُقول اَحد زرگر اَتھ جاوِدانی عطا کرِ ہے

دِلہٕ نے زرٕ زرٕ ترٕ زلو نم۔\
دِلہٕ نے سِیرِ میہان ہوٕ نم\
دِلہٕ سے پیٛتہٕ گوم دِل دِلوان\
تمہٕ کیتھہ گرٕ نم دِلہٕ چی زان۔\
دِلہٕ کے آفتابہٕ چھُنہٕ لوسان\
تمہٕ کیتھہ گرٕ نم دِلہٕ چی زان

● ـــــ اَحد زرگر

وار وار گیہ جدید آگہی ادبس منٛز پادٕ۔ بیرونی رسالہٕ تہٕ کِتابہٕ انگریزی تہٕ اُردو زبانن منٛز واتر کشیرِ۔ جدیدیت

مانن وٲلۍ بٔہلہ پایہ ادیب آیہ لیٚتیر ۔

ٹی ۔ ایس ۔ ایلیٹ ، اَزرا پاؤنڈ ۔ سارتر ، یاسپرس ۔

قافکا ، آیہ پَرنہٕ تہٕ وار وار وآترِ یہِ وُجودی تحریکہ پٔرتھ کانٛسہِ اُدیبس لیشہ ۔

موجودٕ زنی بہک کانٛہہ تہٕ اُدیب ہیٚکہِ نہٕ جدید تحریک یا ادب یکسر ترٲوِتھ ۔ اَمہٕ تحریکہِ ہندی محرکات چھِ تھٔۓ چیز یموٚ اَزیُک ادیب یا عام انسان سماجی ، سیاسی تہٕ اقتصادی نظامس نِشہٕ مایوس چھُ کورمُت ۔ لافانیت ، مذہبی استحصال ناقابلِ انسانن ہنٛز سیاسی محاوری ، شیطان ، بدقطرتن ، رنگ سازن ، ملاوٹ کھورن ، براؤن شوگر کٔشن والین ، دودھہ بارٕن ، ٹھگن تہٕ سرگرم سرکٲری خزانہٕ لوٗٹن والین ہُند اشتراک ۔ سرکٲری تہٕ سیاسی ہٕتری سٟتھ قبضہ کرن والین سرکٲری تہٕ فوجی راز دشمنس کِنن وٲلی بھگوانن ہنٛز مورتیہ مندر و منز ژوٗرِ نیتھ عجایب گرن کینہٕ تہٕ ۔ فرقہ وارانہٕ طنازہ ، بے گوناہ لوکن ہُند قتلِ عام ۔ خاندانن ہنٛز چھلہٕ وُدُر ، مول نہٕ نیچوی سُند ، مآج نہٕ کوری ہنٛز ، پانٛژو پانٛژو ، سڑکہ سٟتھ ایکسیڈنٹس منٛز مران کانٛہہ افسوس کرن وٲلی تمس تلاشی کرِتھ مورِے کینہہ اَتھہ موٚرتھ لوان ۔

ڈاروِن سُند نظریہ زِ انسان چھُنہٕ اشرف المخلوقات بلکہ اَنٛزری سُنٛز ترقی یافتہٕ شکل تہٕ فرائڈ سُند موجوب زِ ساری رشتہٕ چھِ جنسی جذبن تحت آسان ۔

رچرڈ آرلنگٹن چھُ ونان صنعتی دورُک انسان چھُ تیوٗت پرژھیوٗن تہٕ رٕنیومُت ، معاشرتی لحاظہٕ تباہ حال ، تخلیقی طور نانٛٹھ ،

تہٕ رۄحانی لحاظہٕ چھُوٚن ۔ بَڑٕن شُہرَت مَنٛز چھُپٕہٕ اِنسان اِنسانس سۭتۍ
رُلانہٕ تہٕ وارہٕ وارہٕ چھُ معاشرتی نِظام ہِوان کانہٕ کانہٕ گرٛشُھن تہٕ
اَزٕنِک قلم کار تہٕ چھُ امہٕ تباہ حال صوٗرتٕ حالُک احساس کران
تہٕ وَنان ۔

## رحمان راہی ۔

دَرٕدٕ گاہ مَنٛز رُسۍ ذلیل چھہٕ اَسی
کربلاہس منٛز سبیل چھہٕ اَسی
دِل وُچھِن مُتھ دِماغ رٕشیریو زاگ
قادِ خانٕچ دوہٕ دِنی فصیل چھہٕ اَسی
یا تہٕ بے نیب لرٕٹھ ٹھٔنڈرٕ ان طرفا تھ
یا تہٕ پے پُردٕ شنگ مِیل چھہٕ اَسی
مُنصِف اوٚن پٔتۍ پوٚس کٔلۍ وکیل چھہٕ اَسی
کُنہٕ تہٕ دعوا ورٔے ذلیل چھہٕ اَسی

•

شیٖرنہٕ دیوار تھامہٕ گُمتی ، کھیرٕ لٔد
لولہٕ مُتۍ مجبوٗری ہِنٛدی نوشتہٕ دیوار
یا نہٕ مارِس وَاتی مُتۍ ، اقتصادی نِظام تباہ گوٚمُت
دان چھُٹۍ مُتۍ ۔ دِہے دِہہٕ ۔ ترٛاوِیاسے مُتۍ منتر بہٕ
وٚدکھمُت

•

## حامدی کشمیری

گُمتۍ شیشہٕ دیوارن منٛز یہسہٕ آمتی کٔلہٕ ٹھاسان
چھیٚٹہٕ لوٗشہرٕ سوشتہٕ فضا ۔ وٚنٛدگ شیشہٕ نکھن

بیٹھہ ہیُرنہ وُڈو

دۄرِ کرِزلی سٹرکن ہوہس بیٹھ

زانگی تیتھن ہُنہ بروٗنت

ہتُر رۄنہ وُچھی متی آلسو

لیولیکھت تھوکالے

•

تنہائی ہنٛز شدت۔ ذیٖھنی انتشار تہٕ فکرٕ تناو

لبھہِ کُنہِ چھُ حساس شاعرس سوٗتچہِ سرس کھولُو کران۔ اِمِچ حسین

مِثال چھہ پیش کران۔

## مشعل سلطانپوری۔

یہ ژھوپ وآناک موٚرد دِتھ دِتھ کاڈ

سیاہ شہار زن رۄتُل ڈلِتھ نال

نہ پی پی جانہ وارن ہُندہ زو زانت

نہ کانٛہہ سُتری چکھ نہ کُنہ کانٛہہ یڈکران زاس

نہ کانٛہہ ووچھ رۄیھ نہ کُنہ چرچر نہ کُنہ کھرو کھ

کُنے زُون چھُس نہ چھُم کانٛہہ شنگ نہ کانٛہہ بوج

•

اُزینک قلم کار چھُ تیٚوت حساس تہٕ تمی چھ سماجی فلسفہ وتن والی

اِشتہاری مجرِم قرار دِتی متی۔ تکیازِ اُمی چھُ ہیٚند اصلی رنگ وُچھمت۔

قلم کارس چھ قدرن بیٹھ ترٛھ موکلیمُت۔

## محی الدین گوہر۔ (اکھ جایزہ)

تواریخکی ورق پری پری بہ لوسس

تواریخکی ورق پھیری پھیری نظر رٔچھ

چھےٚ تۄ کُنہِ جایہ لیکھِتھ کاتھہ کتھا تِرتھ
پٔرِتھ تسٕند کتھ بہ لبہٕ ہا راحتاہ ہیشوٗ
تہٕ دِپہ ہا اوٚرِ انسانَن چھُ پٔرِتھ کِنہِ
جہالتس بیٚتھ پیٚنِنی رٔتی نام تھوٗرِ متی
بہٕ گرٚژھہ ہا خوش بہٕ گرٚژھہ ہا خوش
سیٚٹھاہ اُستاد گرٚژھہ ہا
اگر کُنہِ جایہ کاتھہ اچھرا بہ وُچھہ ہا
سکوٗنک، راحتُک، عِزتُک اَمانُک
اَمارچ کاتھہ کتھا شٹراہ اشاراہ
فقط لیکھِ لیکھِ چھُ جنگ ہاوَس تہٕ لالچ
ظلم بد دیانتی اِفلاس غُربتا
توارِیخکہِ ورق تیٚ تاریک کاتھ شاہ

توارِیخکہِ ورق پھیٚرِ پھیٚرِ نظرِ تھِیچ

یَیلہِ قنداوار فن کارس بٔڑ وُتھہٕ کُنہِ ٹاچھ قدر یمن تمٕی وُمبرِ لول چھُ پوٗرٕ مُت آسان ۔ منٛتہِ مانٛڈِ ین کرنہٕ ۔ تس چھُ یکہٕ ہیکہ گردُن شہ تہٕ شولہ ویتہ سٹرکہٕ جنگلے جنگل باسان ۔

**نشاط انصاری** - پٔرِتھ کوچس منز
پٔرِتھ موڈس پیٹھ
شہرِن قصبن بالا پاٹھلو
بیگہ ٹنڈن پیٹھ

گلیٚن سٹرکن
لارِین، ریلن، ٹانگن، چھکڑن
عمادانو سیو صحراو منظری

قدمس قدمس
ؤن چھپھ تھرچ
شئی شئی کرونی
ھنگے حینگل

جدید حسیہ آگہی چھ کاشرِس قلم کارس پارٕ دٕ ی گژھکھ۔ جگرگوٚرٕ وُن یِیٚیاس متھ ماندٕ گژھنگی سوٗ نتہٕ ببر تہٕ شاعر پسندٕ ہی دِیداکھ۔

مرغوب بانہالی۔

— ہرُد —

خبر کمیاہ یاد پیوم اوٚش گوم جآری
رُکان چھپمہٕ زلوتے اَشیج دار ہَردو
وُچھیتھ لوٚشرس یانہٕ شمہس تہٕ اوٚش پھوٚٹا
مگر خوش ژٕ ئے وُچھ لوٚشرنی زار ہَردو
کرُن کیاہ ژٕ ئے یم میانی مجبوٗر آلوَ
چھُ آوُر تہٕ گژھ گژھکہٕ وُن ژٕ ئے یار ہَردو

●

جدید شاعری گیہ تمہٕ ساتہٕ جوان ییلہٕ قلم کارٕ ن عصری آگہی ہنٛدی دَروازٕ مترٕ نہٕ آیہ۔ تمن تصوراتن ہنٛدی شیشہٕ خانہٕ آیہ پھٹرس لاینہ ییلہٕ تمو معاشرتی، سماجی تہٕ تمدنی مادان منٛز وُچھ تمو ماموٗ ولن تہٕ وسی پایہ مخلوق برٕ ژن الوان منٛز لاکمہ اکھ منٛز ژٕ ٹھ یمن پہٕ بازرس منٛز کیہہ قیمتھ چھُ۔

ناجی منور ۔ اَسہٕ دوٚن گرِ گرِ مرِ شیطان

اَسہٕ وۄن گرٕ گرٕ مرٕ شیطان
وۄنی چھہٕ زلوان گرٕ گرٕ شیطان

سرٕ کوتاہ وۄنی آدمی زاتھ
ڈینشان گرٕ کیو پرٕ شیطان

نالہٕ گنڈ تھ ملکوتی روے
اُتھ نیران تنی نرٕ شیطان

دیار ستماری لبس باپارہ
لوگ وچھ کیتھ برٕ کرٕ شیطان

نارِ جہنم نارٕ وۄجود
کتھ تارکس دیہ نرٕ شیطان

•

جدیدیتس تشریح کارن ہُندۍ پ چھ زاگرہ نہ کلامس منز بلی کہ ابہامک اندیر گو ہیر آسہٕ۔ تیلہ ہنہ شاعری اختیاری مخبر ہش۔ تہٕ اتھ روزِ نہ کانہہ ادبی مول۔

## تیج راول —

یم متی خیال لولہٕ وزن قلمہٕ چھم وزان
وچھ دِتھ منے پرستان چھم کھالان ہوا

چھیران دشاین چھ وچھان زکرِ دہوتہ وہی
وچھ تارکن چھ سال کران موت یہ من ہوا

مو دِم وتش شوقہٕ سرس تل مہٕ طلاطم
زلان اکی تیمبرِ سیتن یارٕ ون ہوا

کتہٕ روزِ سو ہی مال تہٕ شیرین تہٕ زلیخا
یتھ وقتہٕ پھرِس منز گمتی کم کم بدن ہوا

## موہن لال آتش

کُنیٚ زوٗن منٛز سنگستانس
بتا پیٚنہٕ نی ا الاانٛڈِس چھیم

نہٕ چھیم کانٛہہ یاد وٕنی باقے
نہٕ چھیم کانٛہہ برٛونٛٹھ پکنیٚچ کَل

بہٕ چھُس کوٗلِس انٛدرٕ کُن ژوٗل
شُرٕ کیٛو مُت قُلُس ٹاپکِ داغ ہیٚو ہیٚو مُت

## پی۔ این۔ کول سائل

( شیٚون ہیٚون شار )

زر ژٕنے سوٗ مِیُر بتھ زر ژٕنے ژونٛتھ زِنٛدگیہ
اَتھ ہوٗ کلی ناسس ژٕنے دوٗربتھ وہیٚ کیٛاہ

کَنٛہہ کتہ دوٕبتھ پُرسان کٔتھے کنٛج کیٛاہ سا ہے
ییٚرٛٹھ ترٛپٕھ گو فنٛی فان پرٛٹھ گنٛج کیٛاہ سا ہے

ہُتہ زُرک گلی گنٛڈ پیالہ رٕتھ
اُچھ دٕر لجِہ مُتر شُقراط چھُکُس
ییٚتہ دارٕس کھسنس بامبر ستیٚ
منصوٗر گنٛڈتھ ہلہٕ زم تھوٗدُے
کَتہ کیٛاہ کیٛشتھ مُت کیٛاہ
کَنٛہہ کیٛاہ ہنہٕ کتھ نہٕ
پھِسرایے پھِسرایے ہو ہرایے ہو ہرایے

### رُباعی۔

مےٚ ماژملی تٔلی تگان ہاوُن بہٕ نادان ٭
مےٚ ییٚنے شوٗ زرِ ساری پاک باسان ٭
وُنُے گوٗ تسلی دِلک زونم مےٚ بوٗڈ راش
مٔنگُن پانُس کیتیٚن چھُم موت باسان۔

بُنیاد پرست وجوٗدی نقادن واتناوٕ یہ تحریک درجہ انجامہٕ

کھوٚتہٕ تہٕ لیوٗن۔

جدیدیتکی تارلیف چھُ لنڈنک اکھ رسالہ Cynical

Definitions لیکھان زِ شاعری منٛز وونی ژور چیز ژھانڈنی

گژھنہٕ نادانی ۔۔۔۔

1- قافیہ ــ یہ چھِ محض فرسوٗدٕ چھوٗنہٕ رائے شاعری

منٛز وونی ترک سپدُن پزِ۔

2- معنی ــ زبانی ہنٛد ذریعہ موٚختصر خیالن ہنٛد واتناوُن

شاعری منٛز وونی ترک۔

3- بحر ــ خبر کرٕ غائب گژھن پزِ۔

4- واتناوُن ــ 1914ء پیٹھٕ اکھ نا بوٗد مسلہ

آسکر وایلڈ وَنان

"We are zennies of sorrow,

whose hearts are broken."

اِنسان چھُ پیکرِ غم یمیُک سُند دِل چکناچوٗر چھُ گومُت۔

اتھ حالتس چھُ تنقیدٕ نگار وَنان۔

اگر یہ حالتھ چھے۔ اِنسان چھُ پیکرِ غم۔ تیلہ چھُ یہ ضروٗری

زبان زِ سہ گژھہ دوٚہیمس تام یہ دود واتناوُن تاکہ انسانس

لوٚنہٕ سینس سیٹھہ یہ بار۔ وونی اگر شاعری منٛز واتناوُن بٕرے

چھُنہٕ۔ تیلہِ کتھ پیٹھ شاعری تہٕ کرٕنی۔

تیلہِ کتھ کنٛی ڈِنہِ حاس شاعرن پنُن دود سیٚنس ۔؟

## مکھن لال کنوٗل۔

ژٕنے پٕرزنتھ یارٕ رآوے مارٕ سٕدکھ
نٕشگے مستانہٕ وٕن باکوٚت گرٕھن چھے

خبر کٔمی سٕتنٕ نظرٕ لج لوٗشہٕ ٹوٗرٕن ہا
ہٕرتھ ہیٚیہ پانہٕ وٕن باکوٚت گرٕھن چھے

سمن بٕل شوٗر ژٕہی کوٚرحال بازٕ
بٕنیو وٕشمشانہٕ وٕن باکوٚت گرٕھن چھے

مٕشتھ حا ماہ ہیٚنٕن گو عشقہٕ آنگن ہا
وٕدان ہٕر آنہٕ وٕن باکوٚت گرٕھن چھے

(•)

جدید ادبکہ زٕ اِمام ورجینا وُلف تہٕ ڈی۔ ایچ۔ لارنس چھہ وَنان زٕ 1918ءہ ہس منٛز گوٚو ڈٔنیک جنگِ عظیم ختم گژھنس سٕتی پرانہٕ دُنیہک وٕجود ختم۔ قدرِ مو کلیمہٕ تہٕ سماجی نظام گوٚ کانہٕ کانہٕ۔ قدرَن ہینٛد آسی گژھنک ناپہٕ ژٕکھر روٗد ہمیشہٕ شاعرَس نال وٕلتھ۔ امہٕ جنگِ عظیمہٕ تٕہی گیہِ سائنسی، علمی، عقلی تہٕ فلسفی مادالَس منٛز فرائیڈ، ڈاروِن، مارکس، ینگ، سارتر، قافکا، ازراپاؤنڈ تہٕ کیٹس پادٕ یموٚ زٕن ساری سے تصوٗراتی دُنیہ ہیس ژٕکہِ پھٕیر کوٚر۔ یمو وٕنٛن زٕ قدرٕ چھے مو کلیمژٕ انسان چھُ بیٚیہ پٕرھٕ گومُت۔ ساری رِشتہٕ چھہِ کترٕ وٕلہٕ بٕٹ۔ لول، مایہ، ہمدردی تہٕ بآیہ برادری چھہِ صِرف کتابَن منٛز لیکھِتھ۔ عملی مادالَس منٛز چھُنہٕ یہینٛد استیمال کُنہٕ کامہٕ یِنٛد۔

چمن لال چمن چھُ یمہٕ نے کٔھتن منٛز ترجمانی کران۔

## چمن لال چمن -

یہ چھُ گوہنہ بیمار

اُمس چھُ گوڈے علاج غلط گومُت
اُمس اَندرٕ نہٕ دَوا پھلیوستےٚ کہین
رگن منز چھُس زہر سمیشومُت

ذٕہنک سری یہ ژھانٹہٕ وولُمت
شہچ کھسہٕ وس موٚشچ پارے
اُچھن ہندی شمع یہ ہینہٕ ہنٛزٕ ناوان
اَکھن نار ، کُتھن قہر زلوان

وُرائتھٕ نہٕ ویٚنز
یَتھ کال نہٕ کال
نظرن نہٕ شیٚرٕ نہ
وُفہک شہل دوٚد مُت

خلوٗتک تاپھ ششیٹھومُت
ہینہٕ کرا مُنز مَتسَس

رٕٹشی ناوس دُژن لٕتھ
دِوتا ہن ہنز آسی کُنن کترین

یہ دود چھُ بار دود
اُمس اَندرٕ نہٕ دَوا پھلیوستےٚ کہین

•

موجودٕ وقتچ ٹریجڈی ہیکہ سُہ سمجتھ یُمس رشتن ہند قدرٕ
ہُرشد موٗل آسہ فکرِ تورمُت -

## شفیع شوق

یِلہٕ زٕنگہٕ وُنٕل ہَنہٕ ہَنہٕ تٕنے یہٕ
ڈیٖنٛٹھن

تہٕ اَچھ مٕشراوِتھ ڈیٖنٛٹھن
اَکہِ کٕنہٕ ناپٕچ اَکھ کھٕرٕچھ
موٗ غتصر، مگر حدٕ رٕوٚس
اُچھرِ والوٚنِشہٕ صرف کیٖنٛہہٕ سوٚتھے دوٗر
نظرٕ ہٕنٛدی ہیٖتی آسِس کٕنِس
ہیٖتھ موٗنٛڈان

تہٕ

کٕنہٕ تیٖہٕجن تلٕ اوسُس وُنہٕ تہٕ
یکھہٕ واوگٕرٕھان



اَکھ جدید مُفکر بچٕلی (Bechetle) چھُ وَنان بہٕ کوٚت گٕرٕھ ہا اَگر بہٕ ہیکہٕ ہا گُرٕھِتھ۔ بہٕ کیٛاہ بَنہٕ ہا اَگر ہٕنتھِ ہیکہٕ ہا۔ بہٕ کیٛاہ وَنہٕ ہا اَگر مےٚ آواز آسہِ ہے۔ بہٕ کُس چھُس یُس یتھہٕ پاٹھی بولان چھُ۔ میٛانی حقیقت چھا تہٕ یہٕ مےٚ وِشواس چھُ۔ زِ بہٕ چھُس کٕنہٕ یہٕ تہٕ چھُ اَکھ (Illusion) سَراب۔

مےٚ کیٛازِ رٕگن رٕگن دَگ۔ یہٕ کُس وَسواس چھُ میٛانہٕ کوٚ چھِ مٕشرٕ مایے لاگِتھ مٕترٕ نیٖندرٕ۔

## سیدِ رٕسُل پوٚنپُر

دٕپان لُس سٕہ موٗد
تس آس فرسٹریشن

کمہٕ اوٚش لاگس
کس پوٚنی باوس
خبر

سوٗر گژھِتھ نیندرِ ماہرٕ لس
میانی ٹٲلی ہیٚر تُرٕ
کرتھ تام دٕم چھٹی ژھاے

ثواب ناوی
سوغات ناوی

کٲہ سوزِس دٕیہِ پُشنہِ ناو

دٕپان لُس سٕہ موٗد
تس آس فرسٹریشن

•

جدیدیتُک مطلب چھُنہٕ تخریب تہٕ سمہار، نکار تہٕ منکرین، وحشت تہٕ شوُرہ کٕنی، ساری ہیے ستھنے کرُن۔ نہ۔ بلکہ چھُ جدیدیتُک اکھ مفکر نعیم احمد اکس انگریزی مضموٗنس Modern sensiblity ہُندِ ترجمہٕ کران لیکھان۔
"جدیدیت ہمیشہ تخریب اور تعمیر کے سنگم پر جنم لیتی ہے اور جہاں یہ توڑ پھوڑ اور انتشار کے جملہ مراحل کی نشاندہی

کرتی ہے۔ وہاں اس پیکر کے اُبھرنے کا منظر بھی دکھائی دیتا ہے جو قدیم کے ملبہ سے برآمد ہوتی ہے۔ یوں تو ہر گزرنے والا زمانہ جدید کہلانے کا مستحق ہے لیکن یہ ضروری نہیں کہ اس سے فکری اور فنی اعتبار سے جدیدیت کا حامل ہو۔ جدیدیت اُس وقت نمودار ہوتی ہے جب فکری تناد ایک ایسے مقام پر پہنچ جاتا ہے، جہاں مُسلّمہ اقدار اور آداب ریزہ ریزہ ہونے لگتے ہیں۔"

## سومناتھ وِیر۔

ہرکُنہ مرتس مأتس نکھ دِتھ راوکھ وأنس
پلہ پلہ موصوٗمن دوٗیراون تی پتہ گوٗ
ترپچہ گرہی گرہی پھیروٗ تروٗتھ پر تراوُن
باپیرس وِیرس منہ چھاون تِی پتہ گوٗ

•

## واسدیو رٔیہہ۔

شہارے وٕتھی کرکہ ناد کوٗرکھ
یہ سرپہ زہر تتہ کیاہ ونہ کھ

کمی تامتھ وٗون سوٗے مسوٗل ہا
کُنہہ تامتھ بدلے بیثوٗل دوٗوُن
کھَل کھورکھ تتھی ہلکاے ھلِس
تتھی لوٗگ بازرتہ بہ کیاہ ونہ کھ

— • —

کشیرِ منز رِشی وارِ منز راوشہار۔ بیارہ یہ شہہ تراوِ ہے تیاری اوس نار دزان۔ بے کفن لاشو بنوو وہچھہ دوٗنی پتھ اخری

قیامگاہ۔ وونی چھپنہٕ جاناوار کلٔبن ہیٹھ بول بوشس گران۔ تم کھیاوناوٕ آہر بزر پھلی۔ یمہٕ نہٕ وٲری داتن ہنز منظر نِگاری چھہٕ حسایہ وٲلی تخلیق کار سیٹھہٕ کٔنہ گران۔

## رفیق راز۔

ناگہان تیلن شہوتن اُندرے ہوس
ناگہان ڈرایم مٔتی کُل سوداگرس

ناگہان ظُلمن مٔتی ڈیت آلوٗ بہٕ ڈراس
ناگہان گو اکھ زِھر بر مپیالنس گرس

ناگہان گٔیہ گاشکی ڈری یاورٲسی
ناگہان گٔیہ جایے نالی ظلمتس

ناگہان وٲناکھ شبُ نزدیک آو
ناگہان دورِ بیہ نورکی ژآنگی لیس

دم سنبھولم پرٲنی پاٹھی شہہ سوتم
آس زن یتہٕ وٲنس گامر شہہ ہتس

●

شار گژھہٕ وونہِ سمسارس منز زأنی لبن۔ اُتھ گژھہٕ اتیھاسک وردن پن لاگنہٕ۔ تخییل گژھہٕ نہٕ راز نہٕ دربارہٕ ہشیر وڑوگرن۔ سُہ گژھہٕ درد زہ محسوس کرن۔ شاعر نہٕ چھہٕ واعظ خان نہٕ درس دِنہٕ وول لیڈر تہٕ نہٕ نصیحت کرن وول درویش۔ سُہ گژھہٕ پننین مشاہدن زبود دِتھ ہیکن۔ شاعر گژھہٕ فوٹوگرافر سندی پاٹھی منظر نگاری کرُن۔

**محی الدین گوہر**۔ (ژُرکھہٕ)۔ اُڈگر، مُڈگر، پہٕ کھہٕ چھم کھنٔ کھنٔ

بُتھس تہٕ ڈیکس
اَتھن چھےٚ نا سآے

رِکھ ٹیٖنزی کاینٛتشاہ میٲنِس بدلس
اَنٛگ اَنٛگ لۄب ہم رِکھ وے ہہ ستیٚن
زَن بہ تہٕ کاکَد وَرقا اوسُس
ٹیٖمی خوش کوٚر تمی تی لیٖو کھتم

•

## ناظِر کوٗلگامی

قفا چھُ اَچھ پھیری پھیری وُچھان، وَنیا مےٚ نا
ہوا اسمانَن کھسان، وَنیا مےٚ نا
شہَس شہَس مَنٛز تھامہٕ گیہٕ اکھ اکھ آواز
گٔمٕتۍ کَس نِنگلِتھ زبان وَنیا مےٚ نا
بہارٕ ژۄرِ وُچھان زِ کاکدس لیکھ مہ
چھُنا کینٛہہ اوٚرس تل اَژان، وَنیا مےٚ نا
بُتھس بُتھس بُتھہ بُتھہ پیٖوٚمت چھُ نۄولاگن
بہٕ کیاہ بہٕ چھُس بدلے وُچھان دُنیا، وَنیا مےٚ نا

•

## شہناز رشید

تمہٕ شہرٕ وُچھ تہٕ کاتِسہٕ وہ پدان ازگولاب
تمہٕ شہرٕ زَلن تہٕ اوس سِپارٕ اَختاب
رٕوُدُسے لِہٕ اَزِنہٕ، دودلیس راتھ نام اوس
میٲنِس دِلس تلان بے نا واضطراب

کرٕہن تہٕ اعتماد کتھ یاٹھی عام لوٗکھ
چشمن اندر نشران تس اوس گرداب
سُے گگرِبل تہٕ جھیل ڈل یا شالہٕ مار
شہناز بادشاہ کیاہ وہ نی سُند خاب

•

وجوٗدی تحریکہ تہٕ سُند زبردست تنقید۔ یہ لہر تہٕ آیہٕ بالہٕ ٹھاسنہٕ پرٕنہٕ چھانہٕ تہٕ گرلٹس پیٹھہٕ۔

▲- احمد ندیم قاسمی (اردوٗ) چھ لیکھان۔ یمن (جدید) شاعرن بروٗنہہ کنہٕ چھُنہٕ زندگی ہُند کانہہ واضح تصور۔ نہٕ چھکھ تم عقیدیمن پیٹھ ژُنکٕ کنواس اشارٕ ہیکہٕ تہٕ کرِتھ۔

▲- مخدوم محی الدین (اردوٗ) جدید شاعری منز چھ غار سماجی وسی پایہٕ تہٕ غار اخلاقی کنتھ مثلن حلق بازی، اغلام بازی، قتل و غارت ڈلیلہٕ۔

▲- پی راموٗلو (آندھر پردیش) یہٕ (جدیدیت) چھ امریکی سرمایہ دارن تہٕ ترٕییم عالمی جنگ پرٕژھن والین ہُنز اکھ خطرناک سیاسی تحریک۔ امیُک مطلب چھ سیمنٹ کشن ہُند اتحاد ختم کرِتھ امریکی سامراجہٕ باپتھ مادان ہموار کرُن۔

▲- ابن فرید (اردوٗ) جدید تحریک چھ دراصل یورپہٕ کین (Angry Youngmen) ماتن (Hyppism) ہپی ازم تہٕ (Teddyism) تہٕ والین ہُنز تحریک۔

یمن نشہٕ نہٕ چھُ کانہہ فن نہٕ نظریہ۔

امین کامل "ازکل چھ علامتی تہٕ وردار اظہار نظمہ سانہٕ شاعری اندر قدم ترٕاوان۔ یمن نظمن ہیکہٕ کرٕنس اندریس

مُشکِل چھُ دٔرپیش یِوان ، سُہ سَید پانہٕ دٔورٕ۔ یِیلہٕ ساَنٛ ذیٚہن تۄہِنٛ
اِظہارَن تہٕ عَلامژَن اَنٛزرٕ مُنزرٕ گژھَن۔ اَلبتہٕ جدید شاعری اَندر
چھُ جَدیدرۄس ژمنگ اَندیشہٕ موجوٗد۔ ہرگاہ یہٕ سیٚود شاعری یُتہٕ ترٛٲوِ
اَکھ پرژ ہیٚتھ گام دِتھ تہٕ کانٛہہ مانٛنہِ نیرِ نہٕ۔ بہرحال مےٚ چھُ وَنُن
زِ امہِ قَسمچ شاعری کوتاہ دۄرتام ہیٚکہِ اَسہِ پانس ستی ٹکِنٲوِتھ۔"

کُمار پاشی چھُ وۄجوٗدکی فلسفک اَکھ عالِم تہٕ مُفکر۔
وَنان چھُ ـــــ شاعر تہٕ اَدیب گژھِ نہٕ کُنہِ سیاسی تحریکہِ یا مذہبی
فلسفک پرچار کرُن۔ اگر یہِ کرِ تیٚلہِ چھُ اَدیب پننہِ روٗتبہٕ نشہِ
پیٚتھ پھیر لوان لاینہٕ۔

پرکاش فِکری۔ پرکاش فِکری چھُ بیاکھ وجوٗدی
ترجمان۔ لیکھان چھُ ـــــ جدیدیت گٔیہِ عصری آگہی ہُنٛد
بے باکانہٕ اِظہار۔ اَتھ مَنٛز گژھِ نہٕ رِوایت پرستی تہٕ مجہوٗل قدرَن
ہُنٛز کانٛہہ جاے آسٕنۍ تہٕ نہٕ گژھَن تِم عقیدٕ آسٕنۍ یِم تخلیق کرنَس
وِزِ رُکاوٹ بَنِتھ ہیکَن۔

# اُرٕچ شاعری

وُہمہ صدی ہُنٛد آخری دٔہلیل اوس کاشُر شاعری بابتھ شمسانہٕ
ژھٹھ۔ اَکھ تیٚتھ بٔنٛل ٹاس ییمیک اَلہٕ اَلہٕ وُنہٕ ژۄ پاسے چھُ باسان دِوہہ
تہٕ دلیوار آیہٕ پیٚتھ لاینہٕ۔ کِمَن ژنگہٕ مَنٛدورن گوٗ ہیٚرِ ہیٚتھ لوٗن تام ترٛاس۔
کِم خانہٕ مٲلی ژایہٕ وُچھان وُچھان مزارَس۔ کِم ہیٚکہِ گو تاہ آیہٕ زِنٛدے
شمشانن بلیس حوالہٕ کرنہٕ۔ روٗدٕ نہٕ مہریٚنین آیہٕ ماَتزِ گلی آروٗسی

کتراوٕنہ۔ پیاری نظر دِموٗ تنیاری موت۔ کم خانہ واد موٗ کلییہ۔ دزِوٕنی زانگی گئیہ ژھپتہٕ۔ زمہریر ژٕرہ پاسے اَنہٕ گوٚڈے اَنہٕ گوٚٹ۔ ملکن شِہنرِ اکھ بارِ چھوٗ کھ آیہ بالہٕ پیوٗر ترِ تھ۔ دزِ وِنِہش سِنکیہٕ مادانن منز ساسہ واد لوکھ واتی سرِیہٕ لٗوٗلوٗ، سن سٹروکو (Sun strokes) تہ بچ حملوٗ سیتی شمشان بَل۔ آبادی ہُند بیشتر حِصہ گو نفسیاتی بیمارین ہُند شکار۔ ژٕواپاری ماتم تہ کربلا۔ یُتھ اَنہٕ گوٚٹ ھُنہٕ کاشرِ قومن کنہٕ تہ تاریخی دورس منز دُھمت۔ سرکاری خزانہٕ آو ڈیلی ٹھگوٗ ڈسی لوٗٹنہٕ ییتہٕ ژھٕٹھ آیہ۔ واد طوٗفانن وُکرٕ آوی کم رٲیل۔ اَہرِ بلہٕ گس آبشارس گوٚو دوٗرِ رنگ۔ نوٕبش، گوٗر، ہِش تہ بشہرِ آیہ اَگی سے کمرس منز ہینہٕ۔ یاگنہ خیمہ زَچہٕ منز ژٕلنہٕ۔ شرم تہ حیا روٗد تہ گنی۔ لَل دید تہ علمدار گئیہ شیٹد ر۔ مشترکہ خاندانک تصوٗر گوٚو ہینہٕ ہینہٕ۔ گرِ گینڈ شمسٹیوٗو نیچوی پرِزنوٚو نہٕ موٗل۔ بٲے پرِزنوٕ نہٕ بوے۔ بٲے پرِزنہٕ آو نہٕ بینہٕ۔ اَتھی ماحولس منز ہیِیہ اَمہٕ ڈہلیچ شاعری کھنہٕ۔

## موتی لال ساقی (نظم)

### گاش پھوٗلیا زانتھ

پوٚد زَن تراوو پوٚد ماسا دزِ

بَر مُترراوو ترٕٹھ ماسا وُسہ

اَچھ زَن تلہٕ ہو وُسی ماسا ہیوٚن

بازری بکہٕ ہو بم ماسا ژھٹہٕ

بَر دِتھ بیہو ہوٚٹ ماچیرن

گرٕی گرِ موٚرتہ مٹہٕ کُس ہیٚیہ اَکھ

دۄر زرن کرٕ ہو کیتھٕ کالس
زرٕ زرٕ زرٕ ہو کیتھٕ کالس

میہرٕ گُلس رتہٕ لوچھ تیز ییمبٔر
زُنیچو سٕنزٕ پٔے بالینٛغ گامُت
لل دیدِ شٔنٛش کُل آگرٕ ہو چھُتر
شیخ العالمٕ زٕرار تہٕ نیتھٕ زٔول
بُڈشاہ مالیس رۄح تہٕ ہرزٕوُمت
قُدٕ گوجہِ وآرس چھُٹھ کھ گردن
وہتھٕ وانِس نتھٕ بنٛنٛح بگرٕ وُمت

●

اُمی نارٕ الاوٕن موکلوو پانٛژن ساسن وٕرٕین ہُنٛد سُم سۄتھ
قدرٕ آیہٕ مسمار کرنہٕ۔ مُشترکہٕ خاندانُک تصوُرٕ موکلیوو۔ نیچو کتہٕ تا ذ
مولِ کتہٕ تانی۔ نقلی رِشتہٕ تہٕ اُترٕ تسلاہ ۔

رحمان راہیؔ ۔

(نظم)
زَنتہٕ نظم
لیثو کھمُت چھُن

ییتہٕ چھُہ بدلے دُنیا باسان
نہٕ تم کوٚہہ ٹھٔری نہٕ پھشرکرِ وتی آرٕ
پژہتھ اَنٛدٕ سکھ
پژہتھ دوہہ تابِھ
لۄکھ گیٖنٛشا می تہٕ رآیِل قدٕ
سفید زیٹھی پارٕ ھی، شرعی شلوارٕ ہی لاگان

عَربی بولان
بسہٕ پڑاران ہے گوکھ مُنس
سڑکہِ ڈُنڈِس واہراوِکھ ژادَر
لُوگُکھ کنہھتَن رَس

اسہٕ چھُہ اَز سورُے موٗکھمُت
صُبحکُت گَردِش شامُک ویڈیو
ہمسایَن چھُکھ راتھے سال گرُن پیشومُت
دِیان چھُہ
بینکَن ہیتھ گَرِتھ گرُتھن تہٕ
ترٕ ہتیم قسطہٕ کڈُن
فکرِ نساٗ گرِتھ کنہٕ فقیہ ہیٚتی
یہِ چھےٚ نوشہِ ہنٛد فوٹو
وونی چھِہ پانے کار چلاوان

•

یہِ چھُہ تیٚچُو مالِس پننہِ آسُنک دَبہٕ دِیہٕ بیٚہناوُن۔ یہِ چھُہ اُمِس فرانسُک (Perfume) ریڈِی میڈ پلو۔ جاپانی چیز۔ غرض کُس چیز چھُنہٕ اَتھ جنتَس مَنز۔ مول چھُہ اَتھی جنتَس گتھ کَران زِ اَچانک چھُہ اُمِس باسان زِ بڑٕ آری کانی کنِہ ژاوِ شیشِس اَندرٕ تہٕ اُمِس وۄل شیشہٕ پھوٚٹِتھ سیوٗ نال تہٕ جنتُک تطارٕ گوٚو یکدم غائب۔ یہے سڑیچڈی آیہٕ ہیتھ اُتھ مِس ڈٲلِس باگہٕ۔
ییٚتیہ وۄہلہرِ شہٕ ہنٛد بارٕ اَثر پیوٚ سیٚٹھاہ تھوٗن وآلِس قلم کارس۔ اُمی تل رٕتہٕ اۆنگجو کرُ بلاکِن اَفسوسناک تہٕ غم زدہٕ۔

واقاتن پیٹھ یِنہٕ قلم۔ خونہِ جِگر لۆرُن رَتہٕ دآوی اَمارن تہٕ وۄتن۔

## محمد احسن احسنؔ۔ (نظم)

### حارٕی ٹاکھ

اَڈٕ پھولہِ گاشے
آنگُن بَرٕ پیٹھہٕ کوٚرہَم آلو
دِژاس
تہٕ لیوٚزنہٕ وورُے کوٚڈہَس
پھوٚرگوٚ ڈُکھیٚ ڈُکھی
کیٚاہتا منٛزٕ ڈیٖشِتھ
تی باسان
یامبرِ ہوٚت بیٚلہِ بَرٕ وۄتھ ترٕووُم
آدمی رۄیہِ کَم تامتھ پرٛاران
روبا کوٚرہَم
شانہٕ منٛزے دارہَم
مارادِ ژیٖژُنَم
لوٚن کُن نظراہ ترٛآوِتھ
ڈیشِتھم برٛانٛدَس پیٹھ اکھ پرٕژھیٚنی لاش
آدمی رۄیہِ نفرَو دِژہٕ کھوٚتسِکل
دوٚپہَم
گوٚڈٕ پرٕزناوُن لاشِس
اَچھ بیٚلہِ دُچھیمَس

کوٗرِتھ آسَس
گَنٛ آسِس
زَن ناگُک تھوٗپ دِتھ
زلو گلہٕ گاہمِژ
آسِس ترٛوٗپ دِتھ

رُتھ لَٹہِ پان
چھِنٛد مَنٛز کوٗڑ ہَس
پٔژ زَنٛتھ کاژڈ
تِتھ پیٹھ لیکھتھ ناو تہٕ میثوئے
تصویرِک اُنہار تہٕ میثوٗن

●

بالہٕ اَپارِ تہٕ کربلا، بالہٕ یَپارِ تہٕ کربلا ۔ دوٚشوٕے ڈرِی کربلاہ کیٛنہٕ دَزہِ ونہٕ سیٹھا آسی صحراوٕن مَنٛز کَژ کہِ کَژ کھ کران ۔ اُشہِ ژالہٕ ہاران مگر یوٗزَن وول نہٕ کُنہِ ہے ۔

## شمبھوٗ ناتھ بھٹ حلیم

(وَژن)

گُل ہٕرِتھ پیٖیہٕ سوٗنٛتہٕ کاہ لی
بالی کَس وَنہٕ حالِ دِل
آلی ناشِن کیٛتِھ گاہ لی
بالی کَس وَنہٕ حالِ دِل

راز ہٕرِتھ آسی ڈیرِ و آلی
سیر واون گرِ شو آلی
پھیر ترٛوٚو وُکھ گیہٕ وُبالی
بالی کَس وَنہٕ حالِ دِل

نشنگہ ناچو رنگہ ڈآلی
ہشنگہ منگہ گیہ زال ناآلی
پھانہ گرئی کرئی خاتہ خاآلی
باآلی کس ونہ حالِ دِل

دارکنے ترنار ڈآلی
کیتہ ورو سینہ ڈآلی
پینہ نبوکری اسی حلاآلی
باآلی کس ونہ حالِ دِل

دردنیہ اُنی گردِ ساآلی
ہردِ نارن پردزآلی
کمرگنبرگا لکھ آکاآلی
باآلی کس ونہ حالِ دِل

اُسی چھپرِ چھمیتِ رلشہ ماآلی
نشہ ہین ترارِ وآلی
للہ ہشدی اسی خانہ ماآلی
باآلی کس ونہ حالِ دِل

رُم رُم ساآنی آشہ واآلی
واتہ اسہ پڑگاش ڈآلی
ہاشہ پیرن کالہ کاآلی
باآلی کس ونہ حالِ دِل

•

معاشرہ گو کھُریدار تیار۔ اوصولن تہ اعتقادن ہشنرِ عمل آوری ہشر

چھِنے نہٕ کہتھے۔ قدرن ہندی مول تانی آیہٕ نہٕناونہٕ۔ سورِے گومتھ مانڈِ۔ پرتھ انٛد گچھ۔ اُنہارِے چھینہٕ پرزناونہٕ لوان ۔ ماتَم سٔراینہٕ منٛز آفاتیچہٕ کَتھہٕ، کرنہٕ گوٚ پالنس پیٹھہٕ اَسُن ۔ اَزِکِس قلَم کارَس چھُ تِمہِنٛدُن باسان ۔ کُتام سیٖٹھہٕ کوٗران ۔ کَتھہ تام اُنٛگَس شرٛاکہٕ وسان ۔ یِمہٕ نے چھوکَن ہنٛز شٲیری آیہٕ اَزِکِس شٲیرَس باگہِ۔

# تیٖج راوَل ۔ (نظم)

وُچھ آری دلیشہٕ وتَن کاہنہٕ سوار مارووٗے
سُہ شمہٕ سازنَے گردِ غُبار ما رووٗے

اَپارِ نَبٕہِ چھُ مےٚ لرُجاے بیٚیہِ سُہ سونہٕ سُند پرنٛگ
ہیٚے وایہٕ پیٚیہِ کُدل نیشُو تہٕ تار ما رووٗے

تِمَن رٔچھتَن یہِ کینٛژھا اوس تی یہِ کتہٕ ہاوٚے
بٔان اَسی چھہِ لرَن منٛز تہٕ دَما رووٗے

پھِرکُن چھُ رَوٗدِ ترٹِن ہندو یال دُری یاوٚن
اَز آنی یارِ بلَن زانہٕ قرار ما رووٗے

شِکاری پنٛجرِ ژٕہتھ وُچھ وُپھیایہٕ جاناوار
ہَوا چھُ لوٚت تہٕ تِمَن پیٹھہٕ سہٕ بار ما رووٗے

وَنیوٚ مےٚ کَرنہٕ پھِرِس منٛز بَنکھہ رٔختاوار
وُبالی سیٖرِ کُنٛتھَن اعتبار ما رووٗے

مےٚ ژھایہِ تھوٚوَ تہٕ دوٚیم پوشہِ ناو پوشَن پیٚے
گوٗلا یہِ پوشہِ تھرَن پیٹھہٕ بہار ما رووٗے

●

زمانہ مکانچ بُتلی بیٹھ ۔ اَلمماسہ نیزن ہندی چھو کھیتہ لبن ہندی چاکھ بہ جھ گوڈ فنکار محسوس کران ۔ تکیازِ اَمِس چھِ حساوی اَنگ ووٹھد سٕدرس مٕلووٕطم یادِ کران ۔ یہ چھِ تخلیقی گوٹھدِ منشر بیپنہ لِوان تہ اَدِ تمن حالاتن ہنز عکس ٹبندی کاغذس پیٹھ کران ۔ ییم اتھ شَدِس شعورس تہ لاشعورس رتہ داوی چھِ کران ۔

## غلام نبی جوہر

شُہلا کرِہو بونین تَل ۔۔۔
نتہ آس امہِ کھوتہ گرِ شیمنی گرائے

ییتہ منشن ہنز شوہرتھ آس
تتہ آرن ہندی یل سمکھیائے

گوڈنیتھ لُس زلہ پیٹھ نیتھ پوش
ییتہ وِنہ باغکی گُل ہندریائے

سونتہ ہواوس ہردچ لاگ
بلبُل زرزِ تھ بییہ تنبلیائے

●

## نظیر احمد نظیر

کیازِ لوٹتھ چھُکھ نوان موردن کفن
کیازِ انسانس زنے وولتھ باوہے

وَنتہ کیتھ لولہ ژنے ییتھ سمیس لورتھ
جان ییپنہ نے گوے ژنے تُلی کھر کھاوِ ہے

کیتھ اگر لوزہ کھ نظیرس تھاو کن
نافہ سینن عالمہ مے مشکاوِ ہے

●

## مجروح رشید

مےٚ آسہٕ ہی ژرے حالہٕ دِل یمَن تہٕ بوٗ مُت مگر
مےٚ دوٚپ عذاب میٚون کیازِ مُلی ژھکھ تہٕ دٕدکھ

جہارٕ ہٕ ژری ژیٚنی کنٛجی ژھلےٚ مےٚ چھاوُنکھ ہوٚس
خبر مےٚ کیازِ خوف ہیوٗ ژرماتھ تنگل ونٛکھ

یہٕ راتھ واولُن کھڈُر وُجار گی چھہٕ ہرطرف
بساط چاۓنی کیاہ وَتَن نرٚی مےٚ ژانگہٕ گاشراوکھ

●

بالہٕ ییارِ تہٕ بالہٕ اپارِ چھہٕ قلم کار مُشترکہٕ عذاب تہٕ دَگ للہِ وان۔
صحرٕ بُروٗنٛہٕ ییٚلہٕ A رایہٕ تیرِس مشر پٔرِ ی یہٕ وُلوٗن اوس کٔتی مدرٕ یرٕ ژراوان۔
تہٕ دِلس فرحت بخشان۔ اَز چھُ تتہٕ اکےٚ آلوٗ گرٛژھان — "نادلائے
میانہٕ لُۓ سوٗ فوٗ لوٗ"!
اَتھ چھُ آسکر وایلڈُن سُند یہ مقولہٕ صحی ثابت گرٛژھان
ییٚلہٕ شہٕ وَنان چھُ —

"We are zennis of sorrow, whose hearts are broken."

یہٕ کتھ چھہٕ تِمَن دِلخراش تہٕ لرزِ خیز حالاتن ہشر۔ تِہٕ جایہ
لاشہٕ چھےٚ گور و کفن۔ مُردٕ چھہٕ گرٛسَس مشر۔ کاٗنہہ تہٕ آہ و
زاری کران۔ کانٛسہٕ نہٕ اہنٛدِ آخری سفرٕچ فکرٕ۔ یہٕ مجلس
لوٗیہٕ بدٕ تیلتھ اَدٕ یاد پیٚوان اَنٛدٕ چھہٕ گُستام موٗد مرٕت۔ بالہٕ ہیور
تم ژٔرٕ ی تِمَو ترٛاوِی خاب اپارِ۔ ماجہٕ شہٕ آوُرتھ تہٕ ہینہٕ ہنٛد

بہارِ منڈُل ۔ ۂشنگ کُٹھس مَنٛز راجہ رٔنیتہ تَس ماجہ ہُنٛد تصویر سۄ
آوسَنکہِ صحراوس مَنٛز خالی ۔ زادِ راہ رۄزُس اپارِی ۔ وۄنۍ چھ
دوستن آلوکران وَنان ۔ زارِ پارِ کران ۔ یِنہٕ آرزوٗ وۄ چھکھ
بوزناوان ۔ اپارِ بٔتھ کِس یارَس چھیٹھ ۔

## موہن لال آتش

### (نظم)

لولہٕ وۄلا کانٛہہ اگر پوٗک میانہِ آنگنٕی کالی زانٛہہ
اکھ امانت چھم ہےٚ رُژھرِتھ ٹرانٛڈ کنہٕ تَل تھوٗ مُت
خاب پٔنیٚنی دَجہ پٔرِس مَنٛز بنٛدکرِتھ چھم تھاوی منٛز
توٚہہٕ اگرتٕم آنگنس میانِس وۄوِ پھولہ مَن گولاب
ۂشنگ کُٹھس مَنٛز راجہ رٔنیتہ تَس ماجہ ہُنٛد تصویرِ چھم
آسہِ وۄنۍ تَتھ ہاےٚ ہیمٕز بٔنیہ کھٔسوٗمُت کاگنٛد تیمبو
پاسہِ لِلٕہ تھاوی زلوتھ بٔتھ کھٔٹِتھ وۄنۍ لوٗچہٕ ستی
مَن اگر تۄہہٕ گوآہی واکھ نِکہِ ۂشنٛدی باوی زٕ ہیس
میلہِ تَس تسکین رۄحس آدِ رٔنیہِ پھولنس گولاب
آنگنس مَنٛز بہارِ منڈُل شوٗرمُت بٔنیہ ٹاٹھہِ اوس
آسہِ وۄنۍ مَتھ ماٹٕڈِ گومُت رووٚمُت انہار یان
آغہِ سٔنٛدی کِم شٔرگ مےٚ آسم ترٛار آتی مٔتی ڈالہٕ مَنٛز
وۄنۍ دٔپان تَتہٕ ژۄرپھِری تےٚ راتھ کٔٹ ترٛوٚ اکھ الاد
سَتہٕ رٔنیتِن ۂشنٛدی کرمہٕ پھَل گٔیہ زَن ؤتھی اَتھ آمٕز مَنٛز
سُمیہ پھیٚر گوٚ گرٛ تراوِیران چھس بہٕ مٔتھ سیکلس اندر
یارِ گٔیس گٔیس وِگنہ وَنوٗن دایہ نیٚشنٛک زیرِ وبم

اَہرِ بَلہٕ کِس آبشارَس تَل ییٚوٗمُت وُسی راز ہوٚنز
شور ٹاسَن مَنز خبَر کوٚت گوٚیہ سوٗرے شاہ مار

پاسہ لِلّٰہ اکھ عرض قٔری یادی سُند تھاوو ژہٕ تیٚتِس
کاتھہ اکھاہ توٚ یہ مَنز اگر لوٚک میانہ آنگنَس کالی زاتھہ
خاب میانی آنگنَس میانِس ڈوٚو درجاتہ ناوی
یالہ ترٲوِن دوستَن توٚہی یادی زلو احوال میٚون
شاپہ لَدِسے لالہ ہے ہے یالہٕ ییٚتی گوٚمُت وِلاسی

•

وٲنِجِہ کوٗرُن یہ اَلمیہٕ چھُ اَپارِ تہ اَتھِر کیٚتھہ سَندی پاٹھی قلم کارَس
پَرٕنی زٕدی کران تہ یپارِ تہ چھوکھ داوی کران ۔ راوُن تیٚوٗل Identity
راوٕنی ۔ یَژھ ہنِدی زٲیِل ییٚتھِرس لیان لاینہٕ ۔ نیٚیلہٕ قلم کار چھوکُن زلو
دِوان ۔

## غلام نبی فراق ۔

دٔوٚہمِس شیٚتہ وٕدہٕ نی چھاوان آسکھ راسوکھ جتا
دٔوٚہیم شیٚتہ تہ چھِ کوٗران کوٚسہ تام گُل
دٔوٚہمِس کیٚتھہ کیٚتی یم زِندگی ہنِدی نیٚایے اَنِدرن
دٔوٚہیم یِنہٕ نِس پانَس پانے کُفناہ دِلے

•

## تنہا انصاری ۔

زٕ وٕ تہ راتِن اَندر وجوٗد رم درخ
تاپہ کراین یہ یان کوٗرم لوز
فکر کیٚمہ تام راوٕ رادٕ وٕتھ آس
نیٚیتھہ نینِدر شب کہی یا گنِدوٗرم لوز

اَتھ گمانس چھُ تھاپہٕ نوٗرِ ظہوٗر
بٔڑ تفکر چھُ اَتھ تۄہٕ ہم سوز

آسِ سوٗ تہٕ آسِ وِزا
تار کٔرِن مالہٕ کرِ ہم
یار ہیوٚ کھۄرد وِچھتھ
ڈٔمرِ گلزار کرِ ہم
پوٚز یہ چھم کرِتھ کتھا
حال رجان جان وفا

•

تِمن منز ڈٔلِس مَنز رٔوۍ بالہٕ ترٛہی مَتِن لِکھارِن مَتِن تشخص۔ یِمن ژھینی موٗل۔ اَکھ بے قیمتھ جاتھ۔ ہٕنگہٕ منگہٕ لگی تاوِنس چھیٚپہٕ۔ بے گوناہ۔ بیٚیہ تقصیر حساس دِل تہٕ دماغ تھاوُن والین اَدیبن ہُنٛد یہ کاروان گو چھلہٕ چھلہٕ تہٕ کانہٕ کانہٕ مگر یِم چھ وُنہٕ تمہٕ آگرٕ وارِیچ گژھن لوٗزان تہٕ بیٚیہ شوٗنگی پاٹھی چھہٕ یِہِنٛد لاشعور تمہٕ تے وِتی وُنی دِوان یموٗ وۄلو ہیُنٛد امار اوس لولہٕ لِلہٕ تۄو مُتۍ۔ یِمن منز گو ناسٹلجیا ہناز رٔو رٔہِن یاد تہٕ اَتھۍ لۄت وانس وُنی دِی دِی چھیم موجوٗد حالاتن ہُنٛد ترٛؤ شرُکم کرِتھ پیچ کوشش کران۔ بالہٕ یار می گو شماتھ چھُ حرف
ناسٹلجیا ستی زِندہٕ ما

ناسٹلجیا کیاہ گو؟ ناسٹلجیا اگر نہٕ آسہٕ۔ اِنسان گژھہٕ وُچھان وُچھان دم پھٹتھ۔ ناسٹلجیا چھیٚ اَکھ نفسیاتی اِصطلاح۔
ناسٹلجِک لغوی مطلب گو یتھ کُن تنظر دِنی۔ یتھ کال تہٕ اَتھِک فِکری اثاثہٕ شعوُرِکس شہرس پیٹھ دیدمان باسُن تہٕ اَتھ فِکری

پۄت منظرس از کالکس جدٕ جہدس تہٕ ناسہ تراسہٕ حالاتن منز منزلکہ وتہٕ پیٚدی ید کڈٕ نچہٕ عملہٕ یکیت کرناوُن چھ ناسٹلجِہک لوٚڈ مقصد۔ پردیسس منز بیٚے وایہٕ پنُن میتھال یاد پیٚیوٚن۔ اُچھن ہٕنٛدی شمع اتھ آنگنس آلہٕ وٕنی۔ ییٚتھ منز اُمی یارن تہٕ دوستن ستی کنجہٕ ہرن ہٕنٛدی جنتہٕ بنادی متہٕ چھن آسان تہٕ بہلوٚل ستہٕ پاٹھی ستن خزانن براہٕ باسنی۔

## جواہر لال سرور

کالہٕ چن چھا ہار سارہ بیٚے براری کانٛی پیٚٹھ سمان
سانہٕ پیٚتی کنی سون کانٛہہ ہمسایہٕ ماترییٚے نظر گوٚے
از تہٕ چھا منز آنگنس شامنس ساری سمان
کھاسی ٹھلہٕ نے چھا گنٛدان میٚنٛہ نار منز
صاد صابس نشہٕ کران بنٛڈار چھا دنہٕ ترانٛی پاٹھی
از تہٕ چھا پیچ کادہ بیٚے منز شوقہٕ ییٚتھ لولو گوان
یار بل چھا وُنہٕ تھی اڈگری تہٕ ملہٕ گری ترانٛی پاٹھی

●

اتھ آولینس منز چھُپہٕ سرورنہ پوت ہیٚہ آمت لکہٕ چھُ پہٕ سمارک کلہم لٹریچر تہٕ تواریخ ناسٹلجیہس ستی واتتھ۔ یہ چھیٚے اکھ نفسیاتی عمل ییٚمہٕ انسان سٕنٛدِس فطرتس پیٚٹھ کالکہٕ وٕتراکُ، تحریک، روحانی تہٕ فلسفی حصولیات ییٚن ہٕنٛد باس دِتھ از کالیچہ وتہٕ ہٕنٛد تروہ شرتہٕ دگ کم کرنس منز مدد چھ کران۔ اگر نہٕ انسانس ناسٹلجیا حصن تہٕ ہاوس تلنک لطف آسہٕ ہیٚے دوان تیٚلہٕ پزہیٚے تہٕ از گزشتہٕ جوٚر رازدانس کیٚنہہ۔ ییٚلہٕ ہٕنٛدی مولی واکھ ترجمان تہٕ فکری

راسہ لیلا"۔ شہو کرد اٹھے واس ایکو راس گندآنے"۔ یژھ ہشہ تخلیقہ رذن
اسہ ابدس تانی روحس تسکین تہ آننشد دوان۔ اسہ چھُ ونی کمن تہ یمن شُشد
ہُزر تہ لطف تلان۔ تکیاز سون ناسلیجیا چھُ یکدم گوکل کس نشد گامس
منزر واتتھ پیوان۔ لوشہ ون، آبشار۔ قمرن تہ طوطن ہشد بول اوش۔
گُلی شیبہار، اتھ منز کرشن جی گوپین ستی راس کھیلان۔
نژان گیوان تہ کاینا تس وہ لسنس اَنان۔ یہ سارے عمل
چھہ سائنس تہ اُلجھس ستی واٹھ۔ وُچھتو سانی شاعر کیتھہ کنہ
چھُ یتھ کالس آلو دوان۔

ارجن دیو مجبور۔

شونگان پیلہ راتھ یالن شاندکھا وتھ
وہ نھان میا تن خیالن ٹھالوت لوت
قلم میونے گژھتھ آزاد ہیوُ زن
بہارن تالہ دی دی شیر لاگان

•

بیمس یتھ کالس کُن تگہ نظر دِنی۔ یتہ تکیس واقعاتن چھانی دِنی
یانے Analysis تگیس کرنی۔ تکیاز یم واقعات چھہ اکس ڈینجہ
ڈلتھ۔ اکس ستی چھے دوئیم اکھ ژہیتہ وہ ترس سیٹھ گلہ کڈان۔ یہ
چھپے صرف Analysis (شیر ژار) لوسہ یتہ نیلو وترئک حصہ چھُ ڈینجہ
منز نیبر کڈان تہ پالنس تہ دوئیمس آننشد گ باس دوان۔
F.R.Leavis چھہ ونان ـــــ

" Analysis is the process by which we seek to attain a complete reading

of the poem or scene. A reading that approaches as nearly as possible to the perfect understanding.

We can view a poem or any other piece of literature only by any inner kind of possession.

Analysis some times becomes Social Activity where by we can understand the Historical, Social, ethical, Spritual and Cultural Activities of the society."

ناسلجیا چھُ آدَن کالہٕ پیٹھٕ اَز کالس تام نفسیاتی کیٚڑل۔ رحمان ڈار چھُ وَنان ـــ

رحمان ڈار۔

آدَن یِکھنا چھِم لادَن تے
سر ہوٚ وَندٕ پادَن
مَلہٕ آیہٕ چھِم نا چانِے وَدَن تے
اَز وا تتھِم دادَن

•

لوٚتِ کال چھُ مشابہہ لبِہ وِزِہٕ زایِ لبان ۔ مثلن گاشہِ بٹہٕ ییلہِ وَندَس منٛز گاڑٕ چھِ زَنان تِمَے چھُ کُشیرِ شِہہ گاڑِ بتہٕ یادٕ پیوان یا کھیٚنزِ ماوَس یا کھیٚتھِ ماوَس ، لاوسہٕ ژٕ وہ داہ تہٕ ششِرِ سانگر اتھ تہٕ ہیٚتھی ہِوی وار یاہ دٔرہ یاد پیوان ۔ تِتھَے چھِ تِم چیزٕ زٕنہٕ قلمہٕ

ہنٛدی پاٹھۍ اکھ ہیتہٕ اکھ اُچھن بڑوٛہہ کُن لۄوان۔ سُہ چھُ وِزِ وِزِ یمیٚے سوٚنٛچن
گیہِ گرٲن تہٕ اکھ اُدیب چھُ اتھ ہٮ۪نہِ ہٮ۪نہِ آیہ تخلیقی رٔنگ دِتھ زۭلوٗت
دِوان۔ یتھۍ کٕنۍ سٲئلِ وَنان چھُ ——

## پی این کول سائلؔ

(نظم)

### بۄشوٗ ٹھم ما

یِیتہٕ گوٗگرٕ نی اَد لۄہ خیتہٕ مندورن گوٗ سُنخ تراس
نیٛری نیٛری گیہ پترٲتھ یَدلۄٗتلی گوٗ ہشہ ٹاس
یہٕ ژُھ ژُھوتس کُس تام نرٛول شیٛہلو وُکھ وٕنی
گوٗ لیوٗ سیتی یدلس کوٗرہس پریشیانہ خاص
کمۍ تام ڈُنی پرژھ شیچھ منتوٗس نمے بۄشوٗ ٹھم ما
سیدیٚ ٹیوٗمت مازلہہ یتھ پاٹھی منے بۄشوٗ ٹھم ما

شیطان پرٛکرتھ کوٗ گیہِ منشن نہٕ یدییہ جن
تصرف دارِو لۄٗہمت راشہ یرمندِ منن
صُبہٕ نیٛرِن تہٕ رکھہ کرِ کرِ زوٗہسہتھ اتھس
شامہ شلی اُمارکنیتھ گر کھوٗرنۍ کھوٗرنی اَرُن
ہے ہیتہٕ چھا ساسیٛدان کنہٕ شوٗ ٹھے ڈوٗل
زرٛو لرزہ شرین تہٕ خانن منز یاگ بۄشوٗ ٹھم ما

سٮ۪ٹھی کرٕیتھ گیہ دوٗ دوٗ، دارٕ بسرٕ لیہ تروٗ پرکھ
زنٕ نہٕ تہٕ زأٹیٛن قبرستانچ ژھوٚیہ گیہ عام
تانی دڈرکھ یارٕ ہے چھوٗ کرنیوٗ اندرہ بہو
نیرہ لۄوٗ لیٚس توٗن دارِ یائِرٕی لس گوٗ کی دِموٗ

یی چھا سۓ آزادی کیٛاہ چھا یی موکہ جار
اَسہ یِتھی راچھدر، اَسہِ یِتھی ژُر کی دار بیٛوٗ ڈُھم ما

ییٚن نا یَچھ دَرلبے مایٚیتہ گٔنہ ہٹگس تھوٗکھ
ہُنٛتہٕ ییٚتہٕ وۄہ نی کُنہ مَریدِ چھکن وآلی رٔوٗدی!
لوہ موارِ تہ ییٚیہ ہَٹہٕ وارِ دوہ ہِن کُس تہٕ ہر دِکھ
گاڈ یٚتیچ کَل، کھیٚتر رِہیٚترے مالے چھتے یمن
حُمعہ دوٚہ ہَن، ٹرسوارِ ٹکٹس کاہہ ناوی شٔنرچاے
مُشہ اَسہ سوٗرے یَنہ یٚتھ عالمَ بیٛیوٗ ڈُھم ما

ییٚیہ مائنزِ گُلبن وَرزنی واوَڈ وۄتھہ ہے وُدلسَ
ییٚیہ لوٚترے دَگ ماجن ژیٛٹان وَچھ یٚتھ مُستھ دِن
ہراز نکیچوبن مہر ہٚیٚنہ کورین یاوَن مَٹرن ییٚتھ تاوَن
وَدِ تالہِ لدِتھ گُلی زندگانی لٔیشہ یاوُن ییٚتھی ویسر ییٛتھ وُچھتھ
ییٚتہ زاہِشہ سَر ہوتی ڈیٚشِشن ییٚیہ تِمی بیٛیوٗ ڈُھم ما

•

وُٹھ شہوِتھ وُچھ اَز چھُ اَکھ اَکھ بآرِ ہے
لوٚس لوہ تہ ہے کاہشہ اَگر زلو کھولہِ ہے

شہَر منٛون گٔنہ کارٕ بزی وآران سَہُد
گاشس ننائل بدلہ ہے چوٚے شوٗلہ ہے

شُورِ لبر رُودَن وُجار مہیا نی لوٚشہ وار
ڈالہِ اُتھ کاشس وِج کاہشہ وۄلہ ہے

داغہِ ہنٛومُت دِل چھُ اُچھ پھری بھری وُچھان
کیٛاہ سنا دِدرا چیلا گُنہ بوٗلہ ہے

•

یێلہ حساس آدم پننس یادوٚترس سناں چھ تس چھُ ہنُ پتھ
کال زٕنتہ ترٛدوٚہتہٕ کنہٕ باسان ۔ تسہ چھُ شیٖنہ کوٚہن، واسک ناگ، واد
مُکہ پال، مشرٕلی باتھ، ڈیلہ تہٕ ہیٖری یہ کتھ، ییٚمہ سنک شہزاد دلیو مالا ہی واقات
ڈال مصالہ، شیٖنہ ٹھوس بیتر یاد پیوان ۔

لسنت پاٹنٹرم تہٕ یتہٕ ییٚلہ یاد آنی علاقن منز لوٗشِن چھے
ٹھپے لگان ۔ اسہِ چھ بادام وار، چار چناری، نشاط، شالہ مار، چشمہ
شاہی، پہلگام، گلمرگ بٕروٚہتہٕ کُن لیوان۔ اسہِ چھُ رکھشانندنکُ
دوہ امرناتھ یاترا، ٹھجوٚ وور، ہٕری سٹوٚر، شٕری شوٚر، شنشرم ناگ تہٕ
شنکراچارک مندر یاد پیٚتھ فرتنک ییٚمساس سپدان ۔

سائنسی لاشعورس منز چھ لچھہ بدی واقات محفوظ آسان ۔
مثلن کنہٕ یاترایہ شند ذکر کرنہٕ ستی اسہٕ پننی دیوستھان، استان، مالہ
رامانچہ ڈیلہ، ہنومان، لنکا، تاریخی عمارژ، بہودر تہٕ تہندی کارنامہ
ژ بتس پیوان ۔ تہٕ کاہتہ Imp lusa لگنہٕ ستی یہ سوٗرے کینہہ یاد پیوان۔
پتہٕ ہِن ذہنی وٚریٚن منز سائنسی شاعری تہٕ چھ لگ ھگ سائنس اتھی
ناسلجھس ستی واتھ کھوان ۔ تکیازِ اسہ چھنہ کنہٕ تہٕ صورتس
منز پننہ اصلی ماحولچ، لوکچارچ، باغ تہٕ سبزار، پنُن گر، ورہ
دار تہٕ لوٗنہ شیٖہجار منٛشتھ گژھان ۔ سائنس گوو نماتھ چھُ اتھی
یادس منز محو روزان ۔ تہٕ دلیس زارہٕ پارہ کران زِ اسہٕ ہاوٕ تہٕ
بیہ تم وٕ تہٕ ییمہ وٕ چھنک اسہٕ آمہ تاو چھُ وٚ ہمت ۔ انسان
چھنہ ییمہ کنہہ منز آوی منز آوی تہٕ مُترتھ ہکان بقولِ سائیل صاحب

منز آوی منز آوی دگ نہٕ مشتانی ہنہٕ کھوتہ ہیٚنہٕ تیزانی ہیے
اندری اندری یہ چھپے کوٚراتی رگہٕ رگہٕ یہ چھپے تیلانی ہیے

# بال کرشن سنیاسی

تمہٕ وُنی تَن، تِمے سُنی تَن تمن ژرانِن کنھن
یمن أز کھُری سٹھاہ آمتی تہٕ دِمہٕ ہیے ژٕتے کُنتھ دارِتھ
ژٕ آسکھ نستہٕ خنجر بُمہٕ ہتا ہیوٚر شوٚر گنتھ کھاران
یہٕ وِزِ وِزِ لیس سنان اوسُس
قدس چاَلنس خطہٕ خالسَ
وُدہ تی بھیران چھیُم دیان چھُس
وُدہ تی ٹیتیم ژرُؤنہم کتھا کرِ ہوَ
ہُما گوَ یا شاما گوَ، پوٚز تہٕ ما گوَ
زِمُشتر کھ ترمشدیو یامتھ زُوچھِہن
سِری یہٕ لرٕ ترٛاوان۔

## موتی لال ساقی ۔

ترٛنی واوٕن گُلشن زٕٹی جامہ ساری
کوٚلن پھٹمُت گیوُن چھکھ بے قراری
چھہ شینہٕ پیٚ پتٕ شَبس پھیرِ پھیرِ دِوان وُنی
وسن کر شینہٕ تھوٚسی چھیم داغ لاری

●

## نِثار گُلزار ۔

خابِ ماوُچھہٕ ہایہ شامن شینہٕ تھوٚسی
راتھ اَبساوان اُچھرِ والوٚ دوہ ہے
صُبحچن لاوِن زرٕژن تل سریہ دوٚد
میُون سوٕرِلی سوٕرُچ تم سرِشاوی زہی
یتھ سیکلی انیحسا کس تالیس اندر
گرٛگرِ دِرٕزی
دوہنی بہ چھس اظہار ہیتھ آسن ینٕن
راوٕنک احساس زٕژھر آوِتھ رچھان

●

اُکس ادیبس چھُنہٕ غریب الوطنی منظرامہٕ ناسلجیا لگاتار زِندہ روزنُک کاہنہ سہارٕ باسان تِکیازِ اَمِس چھُ اَز کال نارٕ منٛز گِل دزان تہٕ ترٛوہ کال وَندٕ ڈلِتھ کرُہن شُہار باسان ۔

## رتن لال جوہر ۔

حالاتن ہنٛز گرٛٹہٕ لیٛشان چھُس پان میٛہن
تیٖل دزان چھُس ترٛاٹگِن اندر

اَدٕ گاشَس مُشراوٕنٛد لۄکٕ ناپان
پاکِ دِوان زٕہرِ تیٚ کٕنہٕ نِشاٹُن
آتَش رَچھان
یہِ کائیناتُک وُجوٗد رٕژھرِتھ

•

یہِ راوَن نیٚتھوٗل چھُلتَس حساسی قلم کارَس لوٗبِہٕ شیٖشہِ بارَس مُشرناوَن تِنگیکلَن
ہُنٛد باس دِوان لیٖس وُنٛدٕ سٔمارَس مَنٛترانہٕ گوٗٹ چھُ وُچھان۔ یِہٕ
سہٕ وُچھان چھُ تہٕ سوٗرُے راوان یہِ راتھ تام تمہٕ زادِ راہ چھُ سۄمبرِ مَت
آسان۔ شہزادہ رفیق۔

آکاش تہٕ
پاتال
مارِکِن "مُشر زوَن"
گاہ ژھٔٹہٕ وُن
سِریہ
باشہٕ کَرِ وُن
"آدَم"
نیٚتھٕ نٔنی
ژھُری تہٕ چھیٚنی
بوٗنہٕ شیٖشہٕ بارِ کِہ
گرٕشمہٕ دُدی متھٕ
دٕو دِکوٗ لٔن مُشر
یٔژاژٕ وَرِ دِتھ
دٕوُدسہٕ ژٕنیان
دَپان ـــــ دٕوُدسہٕ ہمہٕ۔

•

آدمی رتھ چھُ ارزان گومُت ۔ ژھینیہ پہرٕ لو پیٹھہ مندورین تام
خوٗنے چھوٗن ۔ نارِ منگل ۔ سیاہ سمندر تہٕ تخلیک ہنجر فنکارس اُشند تیلان ۔
کم گاشہ شُند پرژاپنہ لیوان تہٕ قلم کارمو ختنس زآلی دِوان ۔

## گُلشن مجید ۔

میون آسُن ووہوٗنی منگل
آنہ پژرِ یا ...... ژ
میانہِ گوٗاہی ہُنُد مرہوٗن
سیاہ سمندرکس سٹیکلس پیٹھہ
(تخیُل کس آرِپلس پیٹھ فکرو چھپژ رووومُت
لیشہ کین دشن کوٗن منتر رٔزِ بیٹھ
لیچھ پھر چھوٗلُمت
کیچھ ...... دستار ...... یا
تن تائے پہناوان میانہِ وجوٗدِچ صنائن
ژھائے
عرض بلد طوٗل بلدس منز اکھ زاوِیہ نشاندہی کرِ
صحی صحی
تنہ کس ہنجرس سرِیہ گوٗنگل کرِ پہ پھولہ وُن
سوٗنتھ
اد پھولراوِہ بس شبنمی ژھائے

•

نشاط انصاری یوٗت ادبی رنگہ قداوار شاعر، ادیب
تہٕ تنقید نگار چھُ تیٚمہ کھوتہ عظیم چھُ انسان ۔ لولہ ہوٗت تہٕ مرژھیل ۔

ہمدرد تہٕ سُہ کاشُر پیمس مُتلق سُندٕ ریشی وۄن —

"سُہ ہیٚے ڈُپی زِ تہٕ مُسلمان"

مے چھےٚ اَمِس مُتلق یہ بھاوتا زِ غنیمتھ چھُ یتھ کارِ والِس منٛز چھُ نِشاط اَنصآری" ہشی لولہٕ ہۄت گوٚ نماتھ یِہ چھُ یتھ انہ گٹس منٛز دوٚ میٚزن ہُند گاشہٕ آگُر۔

" دزاں تاپہٕ کرٛاین سفر در سفر"

## نِشاط اَنصآری — (نمونہٕ کلام)

سفر کربلاُک سفر در سفر
نہ سایا نہ ترٛیشا شجر در سفر

بیابان و صحرا سیٚکلی بے کراں
وۄتھان اوس ڈیشِتھ متر در متر

گمتھ آلی ترٛاوِتھ دیدری، حبل ہزار
دزان تاپہٕ کرٛاین شہر در شہر

زنٛڈل وَتھ تہٕ گنٛڈی جاۓ جا سکھ وُڈان
اِمامِ زمان آسی اَنٛدر در سفر

زۄالپور ماحول سوزان دزان
شِفا وَتھ تہٕ خوچ لہر در سفر

یہ کتھ میزبانی یہ کیٚتھ اہتمام
وَنان آسی آیکی ملر در سفر

طلاطم تہٕ تشکیکِ وحشت نِشاط
یِوان اوس ہر سو نظر در نظر

●

نِشاط صاٸبن چھِ کرٕ بلھِک یہٕ منظر نامہ سینہ کوٚہی تہٕ اشک باراں کران لیتھ کھمت تہٕ امہِ نظمہِ ہنٛز آفاقیت چھےٚ یہے زِ یہٕ نظم چھےٚ ژھ کاٗلشہِ دوٚکھہ لدٕس زن مرہم کران۔ یہ چھےٚ ناسٹیلجِک اکھ ژیرٕ لوٚن پوٚشہ گوٚند

---

علمدار تہٕ لل دیدٕ ہنٛز یہ موٚختہٕ مال آیہ یتھ ڈٕلس منٛز چھکرنہٕ۔ اڈی چھلی ہیٚیہٕ اپارٕ تہٕ اڈی آیہ ہیوٚر چھکرنہٕ۔ مگر دوٚشونٛے ہنٛدی دِل چھہٕ اکی آیہ ڈٕبرارٕ کران۔ بقولِ سائل صاب ؎

اَسی قسرٕ نوٚ بیٹھہٕ روٗدی سوٚ میراوان
ژٕھراوان دانہٕ تہٕ موٚلہٕ ناوان
گیہٕ چھلہٕ چھلہٕ سوٚے سوٚنٛی مال
یہٕ چھُ حال ینٛہ یہٕ چھُ حال ینٛہ

•

## غلام نبی آتش۔

بٕرس بٕرس چھہ تارٕی دِتھ، زٕرس زٕرس چھہ تھاراز
گرس گرس چھہ آنگنس اَندرٕ بٕنان مزارہ انہ
ژٕرےٚ شینہٕ شہرٕ کیاہ گوٚوٕے ژٕنےٚ وٕڈھ وچھکھ کُڈٕ نیوٚ دیوے
پیٚیی نہٕ تاپہ زٕ ژٕ گٕنٛھے، بھوٚلی نہٕ شالہِ مارانٕ
ژٕ دوٚرِ روزتس نہٕ سمکھتس چھُ وار انہ
ژٕ یکھ پیٚلے تیٚلے ژٕ یکھ سوٚنتہٕ ساٗنی کنہٕ تہٕ پکھ
نظرٕ ژٕ آتشن تہٕ دِکھ چون تس امار انہ

•

یہٕ چھُ اکھ نفسیاتی عمل زِ ییٚلہِ انسان ژٕ رتھ اَنٛدٕ موٚلیوٗس چھُ گژھان سہ

چھُ پتہٕ دیہٕ شُنّد دامن رٹان تہٕ پننہٕ رادن تیتھُول چھُس سینہٕ کوٗنی کرنادان۔ تہٕ اوہنڈے دامن رُٹتھ چھُس وَنان زِ مےٚ ہاوتہٕ اکھ لٹہٕ تمہٕ ماجہِ کشیرِ ہُند بُتھ یوٚس مأج مےٚ نِتہٕ دٕہ وُری برونٹھہٕ ژھینہٕ چھینے گامُت۔

## بدری ناتھ ابلاش۔

•

سُلہِ موصوٗم گُل گیہٕ بر موجے
دارِ اوتار آسہٕ رووگر موجے
دِلہِ جِگرُک ژٔلہِ اُسہٕ تر موجے
دارِ اوتار آسہٕ رووگر موجے
گھنہٕ گنڈتھ سٕتہٕ راژ شنگارس
کالہِ گرٛہن لوٚگ سُم زٕونہٕ لوکچارس
ہاژرتھ گیٚس کورس کھانٛدر موجے
دارِ اوتار آسہٕ رووگر موجے
دیو لوکن منز ووتھ ترٛاہہٕ ترٛاہے
موٗل گوٚبر کھوٚت اکھسے ژھاییے
سُے سمہار وُچھتھ کُس در موجے
دارِ اوتار آسہٕ رووگر موجے

•

•

گرٛس مِنانسی ہُتی ترٛس
کرٛس دُہہ یہ اتھ نمسکار
کسٕپ رِشتنس کُشپ مٔرس
کوٚنگس لیوان مُشکہٕ دار
ندری نیوان تریتھ کنہٕ مٔرس
دوٚہ ژھوٚودِ وان دیتہٕ دیار
پمپوشہ پھولان ڈلکس تُلس
زُلس نالی زن موٚختہٕ گُنہ ہار
تمیس زُلیس دوٚہ ژھوٚودِ وان
تُرُک ژھٹی سیتی دلوی دار
لوٚگی زن رُٹتھ اَنن
یوٚت اُسی ییٚنی سنگار
شار دابیٹھس مٔر اُسی گیانی
دیتہٕ ژھنہٕ وان ویدِن ہُندِ سار
خلوٚکھ ییٚہس اَمُت وار

•

## نِرنجن ناتھ سُمن ۔

مُترتھ لوٗس اَندر چھپےٚ نہٕ ژھاے روزان
اَمن سَپدِتھ عمٕن چھپےٚ نہٕ جاے روزان
بھپیشومُت آسہٕ لُیس مُنتر کرٕ ڑ زالس
تمُس چھپےٚ نہٕ ہوشہٕ بینہٕ چی ترٛاے روزان

•

## پیارے لال سُدلیشی ۔

کتھ نہٕ ژُرکہٕ کہیں
اَتھ چھُہ اَہنکارن وُرن کوٚرمُت
لوٗے چھُہ اَز
بوہنہٕ شیٖنہچارن، وِرِوارن تہٕ آبشارن
ہُشِد شیٖنہچار نار ژھٹان
دَیان دارِ بر ترٛوٚپرہٕ
بینہٕ نار چھوٚ چیہٕ پلوٗ کرِ ۔

•

## پیارے بھان ۔

موٗرکھ نادان کوٚل تے زوٚر ہیے
نیتھ ترٛن حَپَند چھوٚن گرِ لوہ دِراس
دِتہٕ سیٹھہ بیٚپیومُت ترٛرلیس تاوس
ناوس موٗجی وَنتھ ہیے سر
ترٛے چھکھ لوزان بینیہٕ کیس یاوس
ناوس موٗجی وَنتھ ہیے سر

•

## جگن ناتھ منگل

### قوالی

بالہ یارس منز یان آلہ ناوِ شوم
لول برنچ منز کوشش کریم
خونِ یاران اچھو کتی منز ہاریوم
موختہ جرنچ منز کوشش کرے یم

شری بو کورلس اکی نظرِ سیتن
ساقیس کورمنز سورے حوالے
گو نہ پیالے ڈھولتہ خدا ناتھہ
روز درنچ منز کوشش کرے یم

ساسہ یدی یوگ گمتی اسی نیرتھ
سجدِ یامتھ منز دوی یم تہ کھورم
اے ستمگر صنم حیاًنی صورت
مایہ گرنچ منز کوشش کرے یم

●

## فاروق نازکی

●

قبرِ پیٹھ مسانہ لر ترا وتھ
پوش نیلہ قبرِ پیٹھ منز زاہتہ ترا وکھ
قبرِ منتر زنتہ دِل منز چھو لراوکھ

●

اسی کجا تو ہی کجا یہ راتھ کجا
نالہ متہ از رٹتم منز جانانے
آیتن از بہ سورِ ساماننے

●

کڈ تہ ارمان از دِلکی ساری
ترا و از غم ملالہ بے زاری

●

## پریم ناتھ پریم ۔

راتھ دوہ صُبہ شام چانی ماے
تڑ آوِتھ ژۄلہم کتہِ چانی جاے
ہی ہَری روز تَم رکھیا کار
مایہ چانہ پریمی گران دِلہٕ زار
میانہ وِزہ کیاز رۄدکھ تہٕ روپوش
سۄر ہتہ نادن تھاد تَم گوش

●

## روشن لال روشن ۔

ژھایہ کنڈہن صایہ گورتھ شہر میون
لَرتھ بزی ڈیکس مۄرتھ شہر میون
راتہ میو غل زاگہ رُو زتھ راتھ گَیت
واشس پکھن گو تہ گَڈِتھ شہر میون

●

## برجیناتھ ہالی ۔

ژے کمیُو یارن تڑ آوی ژولانے
دوہ لہ داستانے لوز
جبہ پھیر مَسہ وَس عشقہ پیچلانے
دوہ لہ داستانے لوز
برجیہ ہالہ کونہ مُچھکھ دِتہ شیرانے
قدمس قدمس جاب
مس روز مَس جیتھ امہ میخانے
دوہ لہ داستانے لوز

●

## نارایَن کول یار باآش۔

نفرتٕکۍ سُہ وُلٕٹہٕ ساتھ
کوٚر یہ کٔمی وِشواس گاتھ
أنی یہ کٔمی سیٹھاہ بَتنگ
أسی دِموٚ نہٕ گرٕتھپہ جنگ

●

کھنڈٕ بُرٕ سوٚ کھنڈٕ ترٕلیش
بیٚیہ نہٕ چھُمو ہیش ہیش
دیرناگ کُٹہٕ ہار ترٕنگ
أسی نِموٚ نہٕ گرٕتھپہ جنگ

●

لولہٕ لوٚچھ چھُہ یار باآش
زأدِ جِن تمتھ نہٕ واش
چھُہ زٕ نمہٕ زاتھ سے ملنگ
أسی دِموٚ نہٕ گرٕتھپہ جنگ۔

●

## کاشی ناتھ باغوان۔

کھتس اَندر بیٚنُن سمسار رودُم
یَنِن اوٚندلوٚکھ ییٚنُن گرٕ بار رودُم
چھُہ شُتری تام قأد سمیہ جِن رزنہٕ تر
گُنڈٕن رودُم شرٕین لوٚکہٕ جار رودُم
ہمالُک بال سٕتھ پینہٕ دستار گنڈی گنڈی۔
یینُن یارِ وَن شُہُل سبزار رودُم

●

## سُریندر سوشل

پھیر لوگ پرآنس ییہ ازلیؤ کھم
تاہ وِتھ ورقن ییہ ازلیؤ کھم
لوکہ چارس یام تسنطراہ ترآوم
بچرس ہیثوٚل کھوٚت ییہ ازلیؤ کھم

•

## جگرناتھ ساگر

پرتھ طرفہ چھکرِتھ کنڈٕ تہٕ کھنڈی پھٹ وتھ چھ پریشان
کنجہ دایہ ییہ کنجہ رایہ یکہ ننہٕ دور شہر مشیون
سبزرس چھ یوان کھرتہٕ پزرس چھ ڈالان لس
کمٕ ونتہٕ دوٚنہٕ نے یوت چھا اینز لیور شہر مشیون
اکہ ہاڈٕ چھکھ جان دبہٕ دب پہلوانن رلیٔ
لتہٕ موٚ نجیہ گومُت از توٚے کمزور شہر مشیون

## جواہر لال کوسم

ونیٚ چھم کتھا از زِکن دوٚ نی مےٚ تھوٚتم
مےٚ اوسا یِن گرٕ زاہنہٕ موج ونتم
یِمن نشایہ تے دادِنے موج سنتم
مےٚ اوسا یِن گرٕ زاہنہٕ موج ونتم
یِمے ریچ تہٕ آسیا گرٕ ساہنہٕ نیران
ییمی سرپھ آسیا ژوٚا یاری پھیران

مےٚ چھم آتش چانی رٕکھپال بنتم

مےٚ اوس اَینُن گرٕ ژاتھہ موج وٕنتم

یمن سیٚکلبنیٚ منٛز شیٖٹھار دِکھنا

مےٚ وونی بیٚیہ یِنہٕ نیٚ گرٕ بار دِکھنا

یہٕ کوسم دوہ مےٚ شیٖر لاگی ژرٚیٚ کوسم

مےٚ اوس اَینُن گرٕ ژاتھہ موج وٕنتم

•

## پیارے مہتا آتش ـ

اَسہٕ بالونیب نشانے رٕوو

کتہٕ ژھانڈُ ویتُن ٹھکانے رٕوو

تھلہٕ تھلہٕ یتھ اَسِو آئنہ وُچھان

تتھی پُرنہٕ کلف مکانے رٕوو

•

بو نہٕ گلشیک نیرُل شُھل یُنہٕ سہٕ نظرِ دوٗر ڈوٗل ہ

تلہٕ یدِ ہن سیٚکیٖلُ اَلاو بیٖٹھ گرٕشمہٕ کرالے کیاہ وُچھکھ

•

سو نتہٕ بُلبُل چھُ دارِکنی کران پچ پچ

کوٚت چھُ ژُولمُت یہ لیکِنی دار ڈولہٕ

•

ڈ ذی وُن گھلی وُن

یہٕ کُنیتھ نار ہیٚوتُن

ہے بُنگہٕ خلق لاچاری

یہٕ کُنیتھ نار ہیٚوتُن

•

ناسٹلجیا چھُ وارِیاہن بیمارِین ہُنٛد علاج ۔ ییٚلہِ انسان آوٕلِتھ
ہیٚتہٕ چھُ یِوان تہٕ کُنہٕ اَنٛد چھُس نہٕ گاش لبنہٕ یِوان ۔ اُمِس چھُ لوےِ ہےٚ ناسٹلجیا
اَچھہٕ روٚٹ کران ۔ یہ چھُ پرٛون کانٛہہ واقعہ یاد پاوان تہٕ اُمِس چھُ پنٕنۍ گُدرُن
کَم سپدان ۔

ییٚلہِ ۱۹۹۰ ءیس منٛز کاشرِ پٔنٛڈِتَن وَنواس بیٚیوٚ گژھُن ۔ تِمَس پاٹھٕ شیوٚد
قیامتُک ہیتم پُہر ۔ Tent تہٕ سَرُبھ ۔ گرم تہٕ لوٗ ۔ سن سٹروک تہٕ خاندانن
ہنٛز چھپلہٕ وُڈر ۔ کمزوٗرن تہٕ ناتوانن ہنٛدی اَرسر ۔ اَتھ ساری سیٚتھ قیاس
اوس اکھ جواب زِ رامہٕ ژٕنٛدرس یانے اَوتارس تہٕ گوٗپی ۔ یِمے مٕژری
گٔنٛڈی ۔ تہٕ قیامتُک منظر چھوو بھگوان سٕنٛدی اَوتارَن تہٕ ۔ اَسی کٕتھ
ہیٚتھ پانہٕ مارس واتان ۔ رامہٕ ژٕنٛدرُن یہ وَنواس اوس امہٕ سانہٕ
دأدِس دوا ۔

•

نفسیاتکؠن ماہرَن ہُنٛد دوٚپُن چھُ زِ اگر انسانی زِنٛدگی منٛز
ناسٹلجیا گژھہِ نہٕ ہیٚیہ تہٕ انسان ہیٚکہِ نہٕ زِنٛدٕ لاسِتھ ۔ اِنسان گژھہِ ہیٚتہٕ ۔ ن
نفسیاتی بیمارین ہُنٛد شکار ۔

اَمہ چھُ بٔرنگیش سمھتایہ منٛز ناسٹلجیچ بیٚہترین مثال میلان ۔
بٔرنگیش رِشیُن چھُ وِتستا سمھتایہ ہنٛدِس گوڈنِکِس منٛزوٕنان زِ دِیہس
منٛز چھپےٚ نہٕ کشیرِ ہیٚو آرییہ کانٛہہ جاے یتھ لوٗل تہٕ مایہ بَرنہٕ ہیٚیہ ۔

संसारे भूत्लं सारं,
तत्रापि च हिमालयम्।
तत्राधि सार काश्मीरं
तत्रापि च विज्येश्वरं ॥

کُل عالمس مَنز چھِ زمین لوٗزایہ لائق ۔ امہِ منزٕ تہٕ چھُ ہمالیہ پربت سرس۔
ہمالیہ کھوٗتہٕ تھوٗد چھِ کاشُر (کشمیر) تہٕ کشیر کھوٗتہٕ مُقدس چھُ وجیشوٗر تیرتھ۔

ناسٹلجیا چھےٚ سماجی تہٕ سیاسی دوٚلائن منز امہِ دھارایہِ ہنز کام کران ۔ اِنسان چھُ نامساعد حالاتن ستی مُقابلہ کرنہٕ باپتھ تیار سپدان۔ ناسٹلجیا چھُ پرتھ قوٗمس الگ الگ طریقہ لاشعورس منز لیسان تہٕ شعورک کنواس سوٚتزلہ رنگوٚ ستی شیزان تہٕ پاران ـــــ مثلن ـــــ کأشرین منٛز چھُ اعلیٰ ثقافتی قدرن، تاریخ دانی تہٕ اعلیٰ رسمن تہٕ رِواجن بابتہٕ انسان دوستی ہنٛد ناسٹلجیا ۔ افغانستانکین پٹھانن نِشانہٕ بازی ہُنٛد، انگریزن ہنزن اعلیٰ تخلیقی صلاحیژن ہنٛد، مصرتہٕ رۄمہٕ کین ہنٛزن اعلیٰ تہذیبن ہنٛد ، ہریانہٕ کین لوکن خوفناک دانٛد زیر کرنُک ناسٹلجیا۔
کأشر ناسٹلجیچ اکھ رژ مثال چھِ ساتی ئٹھی دوہہ یِم ساینس ناسٹلجہس ستی وابستہٕ چھِ ۔ مثلن ۔ گاڈٕبتہٕ ۔ لوٚسہٕ رہتس منز بوٚموار یا بٹہٕ وار کاچِس گاڈٕ لیوان رنہنہٕ ۔ یمن ستی چھُ ناگن ہنٛدس راز ہُنٛد عہد نامہٕ نواگر آریہ کشیر منزٕ ورکیس براتر روزان ۔ ییمن چھِ ناگن یا ناگہٕ سردارن گاڈٕبتہٕ ، ئمیجھور تہٕ ٹھر تہٕ کھیتر کھیاونا ونی۔ دوہ نی نہٕ رودی ناگ تہٕ نہٕ گردِواہ۔ اما پوز ساینس ناسٹلجہس منز روزد یہ چیز ہمیشہٕ سرتاز۔
بادرِبتہٕ تروٗش دوہ آسی ساری لوکھ ولتسایہ ترائگی ماون نُور ہٕیہہ دوہہ نوٗن گُرٕ یہٕ بین، نوٗن یُنٛد رِین ، برٛہ ہانڈس، نیلہ رازٕس، پشاچن ہنٛدس راز نکمیس تہٕ شاردا دیوی ہنز لوز کران۔ نیندرِ ڈھوٗ تھے نوٚ جنتری، میلہِ قلمس ران لوٚپش ، وےگنڈرٕ

(دوا) تہٕ بیٚیہٕ وارِیاہن چیزن سٕتھ وُچھان ۔ یِم ساری چیز چھ سائنس
ناسٹلجیہس سیتی واٹھتھ۔

کاشرین ہٕنٛزِ ہٕندِس ناسٹلجیہس منٛز چھُ سُہ وَنہٕ وُن
اہم یتھ ہیٚنٛزرے چھِ وَنان ـــ یہ چھُ سام ویٚپچ لےٚ تہٕ طرز۔

" ہیٚنٛزرے شو کلم کرِتھ ہیٚشوت دِتہٕ وُنے
رتی پھٕل دِتی ماجہ بھوانےٚ"

ہیٚتھے یاٹھو ویگیو وُزن ـــ میکھلا یہ ہٕندٕ ٹٕگنہِ کرِتھ تہٕ ییلہِ میکھلہ
مہارازٕ یارِبل وسان چھُ تہٕ ماجہ بیٚیہ چھِ ویگیس نٕژان نٕژان وَنہٕ وان
تہٕ وَنان ـــ

" ہمہٕ وُدِتھم تہٕ ویگہٕ کھُوتم
طوطہٕ وِدِتھم یارِبل۔"

(ما)

" سو نہٕ داو گنٛڈنم تہٕ دِلس ہٮ۪ گوم تازے"

یِم ہیٚنٛزرے وَنہٕ وُن ہُرِ چھِ سون یِتھہٕ کال وُزناوان۔ تہٕ اَسہٕ
چھِ اقتصادی تباہ حالی، معاشی تہٕ سماجی صورت حالہِ نِشہٕ نجات
دِوان ۔ اَز تہٕ ییلہِ کاشرٕ ٹہٕ ماشرِ مہارازس وَنہٕ وان چھِ ـــ

" واسدیو رازٕ نہٕ بادشاہ پینٛدو
ماشرِ مَنٛنٛد چھِ یارٕ آوِتھ
آکھاہ ولہٕ تےٚ زاکھا وُتھے
ماشر لاگے بادشاہ تختس پیٹھ۔"

اَسہٕ چھِ کرشنہٕ بھگوان سُنٛد ستیاگیوگ یاد پیوان۔ پُرسکون تہٕ
آننٛدٕک ماحول۔ راسہٕ لیلا یہٕ تہٕ کرشن جی نہٕ بالہٕ لیلا یہٕ چھ یاد پیوان۔
شانتی تہٕ سکونک ایحساس گژھان۔

دِوگونُس وَنہٕ وُنہٕ وُن —

مہاگنیشہٕ سُند شرُوتر پوٗنی تورمے
دٕوے گونُس لِوآسے
گنگہٕ بلہٕ تورمے گنگہٕ وآنی نوٗٹے
دوٕ تیہم دوٗٹے لِوآسے

●

مہاگنپت دِلکُ آرام تہٕ سوکھ دِنہٕ وول۔ سارِنیے پرٚیشآنیہٕ کاسَن وول۔ گنگہٕ بلکُ ہوٗندُر سوٕ ٹھکہٕ پوٗنی۔ ییلہٕ تاپہٕ کرٚاپہٕ مَنٛزرانہٕ شیٛہجارُک باس چھُ لِوان۔ کھورہٕ نبہٕ پیٹھہٕ کلُس تام چھُ شیٛہجار پھیران۔

— یوٗنہٕ —

زٕرٕس گوٚاسَرن ہٕرگ آیہٕ یوٗتن
ہرٕہمنوٚ گنٛتہٕ گرٕی یوٗنہس پتہٕ
یوٗنس چاآنس روٕ پھٕ تِیے روٕ نے
ہٕرکُس راجہٕ ریٚتنے زاکھ

●

یوٗنی چھیے شیٛہجارُک آگرُ۔ کاشرِ غریب الوطن لوٗکن رآوُ یوٗنی۔ اَمہٕ شیٛہجارُک تصوٗر چھُ ساتین نارہٕ تیٚتیم ہیٚنٛدہٕ مرہم۔ یوٗنی چھیے سانہٕ ناسٹلجِک اَکھ حِصہٕ۔ ییتِس کاشُس پتہٕ عظیم شہلی کُل سانہٕ ناسٹلجِک حِصہٕ روزِ تیتِس کالس واتہٕ اَسہٕ تصوٗر آتی شیٛہجار۔

کھانٛدر —

سَرٕ کے گگرو، وَنہٕ کے پٕچھنو
اَچھ ہالوسم کرٕ وآنکھ
شُدرس سوٗتھ دیت نیلہٕ اوتاری
دَشرتھ رازٕنی سوٗ آری

●

یہ سورُے چھُ سانین بیشتر ون ہُشدیٚت یہ چھُ اسہٕ ماجہٕ ہندین دٔہ دگلین ستی حومُت۔ یہ چھُ سانین شعور تہٕ لاشعورکین تہہ خانن منٛز رٔژھتھ۔ یہ چھُ ذٔہنی پراگندگی منٛز اسہٕ ءُتھہٕ ءُتھہٕ دِوان تہٕ اَسی چھِ فرحتک احساس لبان۔

مگر **ناسٹلجیہس** پیٹھ چھُ واریاہ تنقید تہٕ سپدمُت۔

1. ناسٹلجیا اگر انسانس منٛز بے گنڈ زایُن لبہٕ۔ انسان بنہٕ نفسیاتی بیمار۔ یس ذٔہنی دٔوہس ہُواٰیی گُرین کھسِتھ اسمانن منٛدسار آسہٕ کران۔
2. اَمِیُک زٔور تصوُر چھُ انسانس بے کار بناوان۔
3. اَمہٕ ستی چھُ انسان روزمرہ کہ فرائیض بناونس منٛز کوتاہی کران۔
4. انسان چھِ آلژی بنان۔
5. یہ چھُ پرٛتھ کُنہٕ چیزس پتھ کالس ستی واٹھتھ جد وجہد کرنہٕ نِشہٕ پتھ روزان۔
6. یہ چھُ نہٕ معاشی ترقی کرنس اتھ وتھ دِوان۔
7. ناسٹلجیہک حد کھوتہٕ زٔور تصوُر چھُ تس خوہ دُسری منٛز مبتلا کران۔

# ہم کال شاعری ہنٛز سام

## (تنقیدنِگارَن ہنٛز رائے)

## ڈاکٹر رتن لال تلاشی

..................بہرحال ییٚتہِ مس ڈلیس دوران تخلیق سپٕز منٛز
یوسہٕ تہٕ کم قلیل شاعری بروٚنٛہہ کُن چھہ آمٕژ تمِک سٕٹھی پٮ۪ٹھی جایہٕ
ہیٚنہٕ یِتہٕ چھُنہٕ باسان زِ یہِ شاعری کیاہ چھہ امہِ برونٛہہ جدید شاعری
تِشۍ نکیر وُچھر یا کانٛہہ الگ تہٕ نٔو انداز ہیتھ۔ ییٚزر چھُ یہِ زِ موضوع، مزاز
تہٕ ہیٚتی طور چھُنہٕ اَتھ شاعری تُتھ کانٛہہ تہِ اہم پھیر ٔلگمُت، چھہ یہِ واریاہس
حدس تام امہٕ سٕتۍ واپراو باسان۔ وۄں گو موجود دورکِن حالاتن
ہنٛدیٚن چھوکن ہنٛز دگ تہٕ اِچ باد تھ ییٚتہٕ ییٚتہٕ اَتھ شاعری
منٛز سپٕز منٛز چھہ۔ سوٚ نظر تل تھاوِتھ چھُنہٕ یہِ مانٕنہٕ وراے کانٛہہ چارٕ زِ
ییٚزٕ ہیٚش شمار یاد تھ ہیٚکہِ ہے صرف ییٚمی دورکِن پھٕٹنے حالاتن ہنٛد تشکیمہ
منٛز نیرِتھ۔ ییٚمن چھوکن ہنٛز دگہٕ ہنٛد لوٚت صدا ییٚتہٕ ییٚتہٕ اَتھ شاعری منٛز
کٔمن گرٕصان چھُ تتہٕ تتہٕ چھُ اَمِک ہوا تہٕ تۄتر جدید شاعری نشہٕ
ہناو کھیر باسان تہٕ امی موجوب چھُ اتھ اَتھ شاعری منٛز تشکیمہٕ رجحان
زیادٕ پہن غالب تہٕ لبنہٕ لوان۔ جدید دورس منٛز سپٕز سانہٕ شاعری
منٛز موضوعی کیو ہیٚتی لحاظہٕ رنگارنگی یاد۔ یہِ اوس سُہ دور ییلہٕ
کاشُر تخلیق کار نظریاتی زولانو نشہٕ آزاد سپد تھ تہٕ نعرٕ بازی

---

یہِ حوالہ چھُ تہنٛد مضمونک یُس سمپرتی رسالس منٛز شایع سپدمُت چھُ۔

کیتھ پڑوپگنڈا تژ آدتھ پیٹھ ہن محسوسات غارٕ جذبٲتی آیہٕ زٕلاونہٕ لوگ۔

---------- چنانچہ امہٕ شاعری ہُند تجربٲتی دُنیاہ چھُ یُس پاٹھی موجود دورکِس تہٕ آرکی المیس اندی اندی نتران یمہٕ سیتی اتھ منز تتھ زبٲنی ورتاوِچ تژاے چھِ یمکی مول تتھ ثقافتی ورثس منز نئہ تہٕ گنئ چھِ لیس امی شاعرن یاتس ہٕرونہٕ کنہٕ ہناونہٕ یوان وُچھ۔

---------- یتھ زبٲنی ورتاوک رُجحان چھُ تلہٕ تلہٕ تمہٕ راوُن تیلیکہٕ احساسُک نتیجہ یُس امِس شاعرس منز یا یتھ موجود دورک سوغاتھ چھُ تہٕ یتھی سہٕ موجودٕ وقتُک کرب منتراونہٕ یا یتھ یا پننی ییزر تتھ وُنراونہٕ یا یتھ پننی ثقافتی مول زہاران چھُ۔ اتھ چھُ امس یچھے عام تہٕ موروض یتھ یوان۔ راوُن تیلیک یہٕ تیٛچھُن تلہٕ وُن احساس تہٕ یتھ کالس زٲلی دِچ تژاے چھِ یمہٕ دورچہٕ شاعری منز اکہٕ یتہٕ بییہٕ رنگہٕ زیادٕ یہس آلژ ...........

---------- راوُن تیلیک یہٕ کرب تہٕ محرومی ہُندٕ یہٕ غم چھُ ہمکال شاعرس منز زندگی ہُند تلخ پزر تہٕ جذبٲتی دُنتی یہک ارتعشوین اتھ گنتو ہُت۔ سہٕ چھُ تمی یچھیرِ یچھیرِ اَمِیُک اظہار کران تہٕ یہٕ رُجحان یوٛد وے یمہٕ دورکین بیشتر شاعرن منز خلوٗ گر چھُ۔ اما پوز یہے گر شاعرن منز چھُ امِیُک احساس زیادٕ شِدتہٕ سان لبنہٕ یوان۔ چنانچہ تمن چھُ اکھ تیتھ صورتِ حال یاگہٕ آمت یمہٕ سیتی ہیٚنز زندگی مولیوسی ہنز شکار سپزمژ چھِ۔

---------- اکھ شاعری منز چھُ ٹاسر یہٕ فکری مفلسی تمن جایِن تہٕ یتہٕ شاعرن معاشرکس ہناونہٕ ییٚنس یا محرومی کیتھ دُورِ رس یتھ واویلا کرِس دوران مختلف یکرن دِرد

پننہ ذاتی دٕرکھیچ یا ذاتی پسند تہٕ ناپسندی تہٕ رایہِ ہُند
اِظہار کورُمُت چھُہ۔

●

# ییٚمہ دٔہلیچ کأشُر نظم

## (اِقتباس)

### ڈاکٹر امر مالموہی۔

............. رِوایتیک وِیوٚر تہٕ تسلسُل
چھُہ فنی، فکری تہٕ جمالیأتی بصیرتھ بڑاونہٕ باپتھ ہمیشہ ضۆروری آسان۔
----------- افسوٗس چھُ کتھ چھےٚ یہ زِ آزادس تہٕ تھٕہوٗرس پتہ چھُنہٕ
یہ باسن لگان زِ دٔہلۍ وُزۍ روٗزن وٲلۍ شأیرو روٗس کرٕ کأشِرِ ثقافتی رِوایتھ
زانہٕ تہٕ نٔوِ انمانہ بپھِ پھلاوِچ کوٗشِش۔ کأشر نظمہٕ ہِنٛدِ حوالہٕ
کتھ کرِتھ چھُ مےٚ باسان زِ جدیدیتس رٕو لیٚس مَنٛز سےٚ لوت نہٕ گلی کرِ ترقی
پسند دورس مَنٛز تہٕ چھےٚ اَسہ عام نظمن مَنٛز کٔشیر نظر گژھان۔ کأشر
نظم رُوٗز عام پأٹھۍ خوٗلوٗ سیٚجہ کمی ہِنٛزٕ شکار تہٕ سہ سوٗ سرٕ آو نہٕ کنہ اَتھٕ لیس
کأشر الفرادیتٕ آزأدی ترٛونہٕ لگن ہیوٗ تمتُ اوس۔ لفظن تہٕ مانیس
رود رِشتہٕ تہٕ مُشأیرن مَنٛز شأیرن ہُند اکھ اَکِس۔ "مَن تُرا حاجی
بگویم تو مرا حاجی بگو"۔ ؤنہٕ کنہِ گوٚ سانین شأیرن باس زِ تم چھِہ آگاہ نہٕ کین

---

یہ اِقتباس چھُ تمہِ مضموٗنہٕ مَنٛزٕ زٲرنہٕ آمُت یُس کأشر ادبی تنظیم "سمپرتی"
ہِنٛزٕ چھاپ کرِنہٕ آمٕژِ کتابہِ "اُزُک کأشر ادب" اَس مَنٛز چھاپ چھُ
سپُدمُت۔

تار کِن مالہ گرٛتھ نوٚ ین کہکشانن گاشراوان ۔ تہٕ امہِ آیہ گوٚ شاعرس تہٕ سماجس
رِشتہٕ ختم ۔ تہٕ شاعرن رووٚ قومی انفرادیتس ستی تعلق ۔ یہ چھِ وُنہِ زِ شاعری
چھِ عام لُکن خاطرٕ آسان مگر یہ چھےٚ پرن والین ہنٛدِ خاطرٕ تہٕ ضرور آسان ۔
شاعری مشر ہیکہ نہٕ سائنسی افادیت آسِتھ مگر تہذیبی تہٕ ثقافتی بٔرزرٕ
اکھ ذہینی تہٕ روٗحانی آنند تہٕ امہِ آیہ آگاہی ہُنٛد وٗسچار چھُ شاعری ہُنٛد
مقصد آسان ۔ مگر یہ مقصد ہیوٚک نہٕ کاشُر نظمہِ عام پاٹھی از تام پراوتھ

1990ء تام آس سانین شاعرن ہنٛز پریرنا

Inspiration

دوٚ پر ۔ اکھ مشر نہٕ اوس سائنس سماجس دخل تہٕ نہٕ سانہِ رلوائیژ تہٕ نہٕ
قومیکین تواریخی وُطیرن ۔ اردوٗ نظمس لیُس قومیتک ولقار حاوی آیہ ،
چکبستن تہٕ اقبالن دیُت تتھ کُن ہیوٚو نہٕ سانین بہلہِ پایہ ترقی پسند
شاعرن زاہرٕ زوٚن ۔

کُنہٕ تہٕ زبانی ہنٛز شاعری تہٕ خاصکر نظم صنفہِ ہنٛدِ خاطرٕ چھُ ضروٗری
یہ لوٗت منتظر چھُ امہِ زبانی تہٕ اکھ مشر بولن والین لُکن ہُنٛد ثقافتی تہٕ تواریخی
تسلسل تہٕ وُطیر فراہم کران ۔

- - - - - - - - - - یتھ ذٲہس منز لوٚ یہ کاشر نظم لیکھنہٕ آیہ یہ
چھُس نہٕ تمہِ کِس میعارس پیٹھ گژھ کران ۔ مگر یہ نظم دورِ ییہ دوٚزمکہ
تجربہٕ نیبر ۔

کاشرِس شاعرس چھُ یُن بتھ ۔ پننی رلوایتھ تہٕ پننی
انفرادیتھ راوٕنک ماتم تہٕ یہ ماتم چھُ تس باصنے ایحساسکین چھوکن
لولہِ مِیتہٕ لاے کرناوان تہٕ تتھ دگہ کرٛ آلی تلہ ناوان لوہ سہ یتھ ذٲہس تام
کاشُر شاعر زانہٕ ہے نہٕ ۔ بٔنیک وقت چھُ تس کُنیر ، تنہایی ، خوف
تہٕ سورُے کیتھہٕ نہٕ تس خیالی ۔ تمی ستدرم رُم چھُ امہِ ستی کائناتن تہٕ

ژُہران - وۄمیزٕن ہُنٛد توس - ہارس ماگھ گژھُن - ژلنچ

مولیُوسی تہٕ تھوٚکھ - یہِ سوٗرِے چھُ ہیٚمہِ ڈٟلیٚچ نظم جان پاٹھۍ

بدٕ گُذان -

**مالموٗہی -** (نظم)

کوٚسہٕ لل دیدٕ نُنگے دِیہِ لُوکس وُنی
کاشہِ سُقراط لوہریا لیوٗزِ وَنہٕ لس
کاشہِ بُڈشاہ بیٚیہِ دوٚنی گژھیا بیدار
کُس شنگر دِیہِ اَتھ زہرس دام
آسیا کاشہِ علمدار گژھِ بیدار

•

# کاشُر شاعری ہٕنٛدی مولادار

کاشِرِ شاعری ہُنٛد فلسفی پوٚت مَنظر چھُ تھٔوِکُن لایق - یہِ فَلسفی اَنہار چھُ کاشِرِ شوٗمَتہٕ کہِ اَدوَیت وادُک دُیَیت تہٕ صوٗفی فلسفُک بوگ تہِ چھِ اَتھ پوٚتھ پوٚتھ حصِص آمُت - سلوٗکچہِ وَتہٕ ہِنٛدی گاشہٕ مُنار - فنافی اللہ تہٕ بقا باللہ چھِ اَمِکی تھم - تہٕ شوٗ فلسفُک شوٗ ہم چھِ اَمیُک زیوٗر -

یِمن دۄن فلسفن ہنٛز آڈرنہٕ دُیت اَتھ سُہ میچھر تہٕ حلاوتھ۔
یُس دِلن سکوٗن تہٕ راحت چھُ واتناوان۔ شاید چھُنہٕ بییہٕ کُنہٕ زبانہِ
یوٗت باگہِ لوٗرُت میراث حاصِل۔

یہ چھُ کاشرِن نیکوکارن ہنٛزن عملن ہنٛد نتیجہ زِ اَسہٕ آیہٕ
لل دید تہٕ نُند رێشِ ہیٚتہٕ یِمو سۭتۍ آز ہیٚتھ زٕنمس ۔ یِمو لۄکہٕ ناوسان
زٕلو۔ سون تشخُص تہٕ سانہٕ روٗحانی وَتہٕ گاشراوِتھ۔

لل دید آیہٕ پرٕتہٕ گٔژھانٛک، سادنایہ ہُنٛد نتیجہٕ کام کرنیٛایہ
ہُنٛد نیتھ پمپوشہٕ دستہٕ ہیٚتھ یِمی شوٚدش ڈلہٕ ہیٚتھ سہسرا تہٕ ڈلن
تانی ساری پمپوشہٕ ڈل پھولراوی۔ لل دید دُیت شَو فلسفس کن۔
امہ لوٗگُس کوٚر یہ عام فہم زبانی منٛز بیان۔ اگرچہ امس برونٛہہ اوسۍ
تِیُو فلسفی شتی کتھن امہ گٔژھانہٕ وضاحت کرمٕژ آس۔ مگر امہِ زبان
چھِنہٕ تیٚتر گوڈ زیہ چھیٚنہٕ ساریٚنے اَز فکرِ تراوان امی کنۍ چھِ لل دیدہ شَو
فلسفچ برانٛدۍ ماننہٕ یوان۔

شَو چھُ قدیم ترین دیوتاہ۔ یمس وسطِ ایشیاہ ہیٚتھ دور
مشرقس تانۍ پوٗزا آسۍ کرنہٕ یوان۔ مہنجودارا تہٕ ہڑاپا چھِ امہ
کتھِ ہنٛدۍ ثبوت۔ شواوس ناگن ہنٛد دیوتاہ۔ تہٕ امس آسۍ
ساری پیٚٹھ شمالی ہندوستانس منٛز پوٗزا یوان کرنہٕ۔ وارہ وارہ کوٚر
شو پوٗزا یہ ہنٛدۍ رسمن جنوبی ہندوستانس تام کاڈ۔ مگر اکھ یہ
صدی تام اوس شو رسومات اَنداز یوان پوٗزنہٕ۔ امہ چھِ شیو وہ پاستہٕ
ہنٛدِ تاریخہٕ برونٛہہ ثبوت کشیر منٛز میلان تہٕ تہٕ موجود تہٕ۔ سانہٕ
دیٚنچہٕ برارِنکیا دِیشہٕ رتیرتھ، تھجِ وارِنک امرِیشور، امرناتھ تیرتھ
یِم ساری تیرتھ چھِ قبلِ از تاریخ۔

شِوٚ فلسفہٕ آگم شاستر پیٹھ شۄرو۔ آگم گو کنہٕ وان۔ آکاش
وٲنی یِیٚہ کِنوٚ لوٚر۔
کٔشیر منٛز اوس شِوٚ فلسفک یٲنی کار واسوگپت
ناوک رٟشۍ سٔنٛز۔ اَمِس سپُز کنہٕ وان زِ مہادیو پربتس پیٹھ میلہ
ساکھشات کار۔ چنانچہ ڈراو واسوگپتن "راہ سلوک" یعنی تتھ زھار نہ
مہادیو پربتس پیٹھ۔ اوت وٲتتھ وچھ اَمی شیلہ پیٹھ سۄرے شِوٚ
شاستر لیکھتھ۔ اَتھ پیٹھ ووٚ ناو "شِو سوتر"۔ یمن سوترن کوٚر اَمی
سپندیو دیو لوٚطالبو۔ بٹ کلٹ تہٕ سومانندن تشریح۔ اَتھ
فلسفس چھ ترٛے حصہ۔ (1) آگم (2) سپند تہٕ (3) پرتیبھگیا
(1) آگم:۔ آگم گیہ کنوان۔ یہ کیٚنژھا پیٹھے وۄتھ۔
(2) سپند:۔ یہ لوٚرتھ دِ ترٛاوک دِل دِتِن۔ یِنہ راوُن تصوفچہ
زبٲنی منٛز اَتھ وَنان "عین الیقین" مطلب یہ
یہ لوٚر تتھ عملی شکل دِنی تہٕ پننوٚ اَچھو اَمچ لگہارِ یت کرنی۔
(3) پرتیبھگیا:۔ یہ اَچھو وچھ یِتہٕ سہ پانس منٛز ژوٚمراوُن۔ یہ گوتی
بنِ سیٚمیک جلوٚ دیدمان اَنوبھو سپد۔
اَتہٕ فلسفہٕ مطابق چھ انسانس منٛز ترٛے پردٕ یا مَل یا کمی یہ۔
تہٕ زَن گوٚ آنومل، مایامل، تہٕ کارم مل۔ یِیلہ مَنش درون بینی
سیتی مشغول روز اَمِس چھ پرزناولس ٹھرینہٕ واٲلی یم ترٛیشوٚنے
مَل موکلان۔ اَدٕ چھ زِنہ لوٚس تہٕ شُوٚس۔ اَتمہس تہٕ پرمہ شوٚس
یَکِیت سپدِتھ۔
جسمانی روح (Embodied Soul) تہٕ کاینانتی
شوٚرکِس طاقتس (Energy) سیتی میلان۔ اَدٕ چھ اَمِس

اُمِس آنندٕک پاس لگتھ نیٚجہ سیٚدی، پرکاش تہٕ وِمرش حاصِل
سیدان۔ پرکاشُک مطلب گو آسُن تہٕ وِمرشُک مطلب گو پاسُن۔
بقولِ ابھنوگپت یُس پرکاش تہٕ وِمرش حاصِل گژھن تہٕ سہ انسان
چھُ زِندٕ آسِتھ تہٕ مورد۔ سنسارس منز چھُنہٕ تہٕ ہشر زِندگی کانہہ مطلب۔
وِگیانہ بھیرؤس منز چھِ کتھ پایہ پایہ تکھٹی ہنٛدی ژدر برُوج یا
مقام یا مٔنزِل ہاونہٕ آمتی۔ تہٕ یمے برُوج چھِ کٲشرِ شاعری منز تہٕ لیلہ
وژناونہٕ آمتی۔ یمن منزِلن ہنٛدی ناو چھِ یتھ پأٹھی۔ (1) پرا (2) پشینتی
(3) مدھیما تہٕ (4) ویکھری۔

(1)۔ پرا چھِ تتھ آوازِ وَنان یُس تہٕ تولس تہٕ زَل جایہ منز اکِس دایرچہ
شکلہ منز بٹھہ سیرتھ چھِ آسان۔

(2)۔ پشینتی چھِ تتھ آوازِ وَنان مولادارٕ بیٹھہ نیرِتھ تولس منز
آسان چھِ۔

(3)۔ مدھیما چھِ تتھ آوازِ وَنان یُس مولادارٕ بیٹھہ نیرِتھ وچھس
منز واتہٕ۔

(4)۔ ویکھری گیہ سو آواز یُس ہیٹہ منز نیر۔

شو فلسفہ مطابق چھِ اکِس سادکس زِندگی ہنٛد مقصد
تکھٹی لبنہٕ۔ یُہ گی گژھِ جاگرت، سوپن تہٕ سُپتی ہنٛد منزِل طے
کٔرِتھ تُریا تہٕ تُریاتیت اوستھایہ منز واتُن۔ اتھ مقامس
واتِتھ چھُ اُمِس کینہہ سِدھی (کمالات) حاصِل سپدان تہٕ
زِندگی مل دزان تہٕ آکار نراکارس ستی زَل گژھان تہٕ موکھتی لبان۔ شو
فلسفہ مطابق چھُ یہ سوری کاینات شِوسُند سروپ تہٕ توحید
چھُ امہ فلسفک گوڈنیک منزِل۔

اَکھ فلسفس منز چھِنہٕ مذہب، ذات، فرقہٕ، امیر، غریب،
تھوٚد وٚستھ کُنہ تہٕ چیزک امتیاز۔
یہٕ فلسفہٕ تِھنیٚو ییتہٕ (کشیر منز) سیٹھاہ مقبوٗل۔ امہٕ فلسفک اثر
پییوٚو یہٕ خالِص سنسکرت عالِمن پیٹھے تِکیا کشیرِ ہِندیٚن گوٚنماتن، مصنفن
اَدیبن پیٹھ تہِ ژورِ۔
نُند رٚشین شُروٗعٲتس پیٹھہٕ تہٕ چھُ شِو فلسفک اثر دیدمان۔

سُے مےٚ نِشہ یہٕ لسُن نِشہ
مےٚ لسُن نِشہ قرار آو
نحقہٕ ژھونڈم مےٚ پرٕد نِشہ
پَنُن دِیُتہٕ مےٚ یار آو

کٲشرِ ین صوفی شاعرن پیٹھہٕ تہٕ چھُ امہٕ فلسفک اثر ڈما کار لبنہٕ
یوان۔ تہٕ خاصکر چھُ احد زرگرن یہٕ فلسفہٕ سمجھنس تہٕ شاعری منز امیک
استیمال کرنس منز کمال حاصل۔

## احد زرگر

ژالُن چیراغ از رقس واو
پالُن نفس تن من جلاو
تالُن چھُ نیہ پرجوش باش
گاہ دیدٕ گاہے گوش باش

چاہے وجوٗدس لاگ سجال
گاہے تہٕ ماہ ین گاہ ہلال
چاہے بدم پیمپوش باش
گاہ دیدٕ گاہے گوش باش

ژرکاش تہ وسمرش ییتھ کنی اَحد زرگر ووستادا تہ آیہ وتھ ہاوان
چھ اُمیک جور چھ کاشرِ شایری منز سیٹھاہ کم نظرِ گژھان۔

دَچھ باغہ لیج ژھلیاہ اچھ لوشن
دَچھ پوشیرن لول لوش گوم گوشن
گچھ ڈیہ ییتھ جور لوزی لوزی لوشن
دَچھ پوشیرن لول لوش گوم گوشن

کھارَن لاگ یودوے چھے ارشاد
ناپہ یاں کڈ کمہ ناو ذِکر جلاد
کار ستین ظلمات گژھہ روشن
دَچھ پوشیرن لول لوس لوم گوشن

•

پژتیبگیا یہ ہُنڈ مول منتر چھ پنن پان زانن۔ قطرس تہ دریاوس کُن کرُن۔ پنن پان تتھی شُدرس سیتی رَل کرُن۔ ییمہ ییتہ ساری کریا تہ کرم چھ موکلان تہ اکھ ناو ییتھ کُن موژان شوہم یا تے اَنا الحق۔

بُدچھے وجود وچھ واجب الوجود
سود امہ کے وجود وحدت نمود
موجود موجودس سمکھان
زِندہ روزِ باقی میون جسم وجان
نے تہ خاک وباد آتش آب
نے پاک ناپاک نہ گوناہ ثواب
نے لامسس نے لا مکان
زِندہ روزِ باقی میون جسم وجان
(ہپاری تہ)

نے وَجد وصال سجد کعبہ قبیلے
نے مذہب دِ ملت نہٕ نایل آسے
نے ذات وصفات نہٕ خاص تہٕ گان
زِندہ روزِ باقے میٚون جسم وجان

●

یٚلہِ ذرس یہٕ کلس یکیت چھِ گژھان اَدٕ چھِ ساکھ محدود آسِتھ لامحدود بَنان۔ سپَند شاسترِ مطابق چھِ یہِ عشقُک مقام دِمدارِن حاصل سپدان۔

چھُ نوٗرے نوٗر زرگر ووِن
چھُ نوٗرے نوٗر احد ہیرِیون
چھُ نوٗرے نوٗر تُبنتھ اِنسان
زوٗلُم دِل ہیتھ یہٕ گوس دیوان

(یا)

زر زرِ کنی اثبات احد حلو ماران آو
زرگر سندی زِلیو رِمنے بھلِم داغ زٗلم ما

●

پرتیبھاسنا گمھیایہ منہ سارِوے کھوتہٕ تھوٗد اصوٗل چھُ "سروشِتوتا" یانۍ ساری چھُ کُن۔ دوہیتہٕ بھاو یا نے دوٗنتار सर्वशिता چھُنہٕ اتہٕ کُنہہ۔ اَمہِ نظری یہٕ کنی چھِ سورے عالم اکوے کُنبہٕ۔ تہٕ سارے زِنداتھ، چیرندٕ پرِند، اِنسان تہٕ حیوان چھِ تمی سے شِتو سند سروٗپ۔ لہٰذا چھُنہٕ اتھ فلسفس منٛز بھید بھاو یا دٕوتا وچ کانہہ گنجایش۔

●

کاشرِ لوٗ شاعرو پرماننٛدس بیٚیہہ وہاب کھارس تام - کرشنہ جو رازدانس بیٚیہہ صمد میرس، احد زرگرس بیٚیہہ احمد بٹوارِس تام، چھُہ شِتھو سوٗترِ گُنہٕ نتہٕ کُنہٕ فارمہ، شکلہ، علامژ، تشبیہ، استعارس منٛز ورتاوس اوٚنمُت - تہٕ شِو فلسفہ ییٚمی کاشرِ شاعرن اَتھہ تامتھ واتنوو سُہ آسہ لل دید) -

امہٕ چھُہ شِو فلسفچ وَکھنے کرِتھ اکھ سوٗن تہٕ تھوٗد گیان آسان انداز س منٛز اَتھہ تانی واتنوومُت - سہ

موٗرُ و کرُثے چھُسے نہٕ دھارُن تہٕ بھاوُن
موٗرُ و کرُثے چھِپے نہٕ رچھنی کاسے
موٗرُ و کرُثے چھُسے نہٕ دیٚیہہ سنٛدارُن
شہر وژارُن چھُیے دوہ پد لشیے

●

# تصوّف

اسلاہ وۄت کشیرِ منٛز وحدانیت فلسفہ سیٚتھہ تہٕ اَمہٕ ساتہٕ اوس کشیرِ منٛز شِوسِدھانتُک فلسفہ زورن پیٚٹھ ۔ نتیجہ دَراو یہ زِ یمن فلسفن لوٗگ نہٕ مجادلہ تکیازِ یمن مادی شمن پیٹھ اوس نہٕ یمن کانٛہہ اختلاف۔ دوٚشوَے آسی یہ دُنیاہ موکھتی یا نجات لبنک وسیلہ گنزراوان دوٚشوَے آسی Monoism توحید کُ

فلسفہ تسلیم کران ۔ یہ کآینات آس نہ مایا زاوٕل۔ ہمیشہ کنہ وجوٗدے
چھُ کُنہ ٹلیہِ آسی یِم مانان زِ دُنیا چھِ پَرزٕ رتہٕ زِندگی چھِ کرمہٕ کھیتی لٔس
پیٚٹھ میٚحنت کرُنہ لیٖہ تہٕ ثبوت کھٔل ۔ کِتھیٚر مسٔر چھُنہٕ اِسلام تٔلوارِ
تلوار ہِپہٕ اَلتیٖو مُت ۔ ٹلی کہ عقل، عمل تہٕ علمی شعوٗرس پیٚٹھ آدامیک
وِستار کرُنہٕ۔

ظلم گو

دونٕی اگر مُسلمان بادشاہ سِنٛدِ کٲشرِ ہِنٛز بٹن
بٹن ہیُو سکو Psychology، نفسیات تمہِ اکھ ذمہ وار ۔ سُلطان زینہٕ چُھن شاہن
دوٗن بٹن زِ یہ تہٕ کرُ ہِندوٗ دھرم تیاگ، مگر تِمو کورُس اَتھ صاف
اِنکار ۔

نمبر 2) زِ سُہہٕ بٹن کور مَذہب تبدیل ۔ سُہ اوس سُلطان سکندرُ سنٛد
وزیرِ اعظم ییمی بٹن پیٹھ انتہایی ظلم کوٗر ۔

ذاتی رنجش تہٕ ملالہ گو اکھ تہٕ فلسفہ تہٕ تمیچ زان کٲری گوٚیا اکھ
مسلہ ۔ فلسفی نِیٛپاوٕزِ پیٹھ یا مذہبی نِیٛپاوٕزِ پیٹھ چھُنہٕ اِسلامس تہٕ شواز مس
کانہہ تہٕ ٹکر گومت ۔ اگر تہٕ آسہ ہے تیٚلہِ ونہِ ہے نہٕ عَلمدارِ شیو فلسفہ
تہٕ لل دید ونہِ ہے نہٕ تصوّف ۔ "لل دید ونہ ہے" موزان ہیوٚنْد
تہٕ مُسلمان"۔ یا شُنٛدرِ ریوٗشِ ونہٕ ہے ——

اکس ماگس تہٕ ماجہ ہِنٛدِ ہِن
تمن دیے تر آد تنٛدیہٕ کیاے
مُسلمانن کیاہ ہیٚنْدِ ہِنے
کرِ ہَندِ رن توشہٕ خوداے

شیو فلسفہ تہٕ اسلامن دِتی اکس سو ناہٲری صبحس ترُم۔
ٹکراوٕ بدلہٕ گومیچھر پاد ۔ اِنسانیتیک، توحیدک تہٕ ملہ تراوک فلسفہ

آو بارسس۔ یتھ گوڈ ریشٕت تہٕ پتہٕ بروٚنہہ پکھ تصوف آو وننہٕ تصوفا
کیاز پیٹھ واتھناو تکیاز یہ اوس اَتھ وقتس تام ساری سے عالم اسلامس پیٹھ اڈگرتھ
کشیرِ ووتمُت۔ ننُد رٮ۪شس پیٹھ احد زرگرس تام یم تہٕ صوفی شاعر
بارسس آیہ تِمن اوس اَمہِ تصوفکہ وحدت الوجودکہ فلسفک اثر
ستی۔ یم سلوکچہ وتہٕ ہیٚندی گو نماتھ آسی راہ جمع الجمع تہٕ فنا والفنا
تہٕ سالک تہٕ واقف اسرارِ حقیقی۔ تصوف چھ سلوکچن وتن، مقامن
تہٕ احوالن ہیٚنز فرلوطہٕ تشریح تہٕ وضاحت۔ صوفی چھ تمس ونان
یُس عشقِ حقیقی ستی دلس آسہٕ آمت۔ یم آسی تصوفکین مختلف
رموز وا اسرارن تہٕ احوالن سنیمتی۔ یم آسی نہ مذہبچہ ظاہرداری
زیادٕ لاری۔ بلکہ باطن پرست تہٕ باطن سمسارکی ڈنگل۔

## تصوف کیاہ گو؟

تصوف گو علمِ باطن۔ بقولِ علامہ اقبال — "یہ تصوف
چھ نہایت دلچسپ تہٕ عجیب و غریب چیز۔ تصوفکہ تحریک تہٕ بہرک
انداز ہیکہ لوہ ہیمہ کتھہِ ستی لگتھ زِ تصوفن چھ دُنیہ ہکی بہترین
دِل تہٕ دِماغ تھاون وآلی پانس کُن پھری متی۔ ییہ حقیقی عوامکس
تخلیقی ذہنس پیٹھ سون تہٕ گون اثر ترووُمت۔ تکیاز اگر یمن تمام
علمی من ہیٚند مجموعی ناو علمِ باطن چھ اَمیچ مثال ہیکو آسی اکس
کامیابس ستی دِتھ۔" دوٚیمہِ جایہِ چھ ونان۔

باوجود اس کے سنی دنیا میں اہلِ تصوف کی حکومت مسلم ہے

یہاں تک کہ اب حضرت اہلِ سنت والجماعت میں کوئی عالم دین پوری
طرح مقبول نہیں ہو سکتا۔ جب تک اس کے مزاج میں تصوف کا رنگ
غالب نہ ہو۔"

............ تاہم یہ کہنا کچھ غلط نہیں کہ سُنی دنیا نے
آخر کار یہ تسلیم کیا ہے کہ علمِ ظاہر اور علمِ باطن کا امتیاز واقعی اور حقیقی ہے،
اور علمِ باطن، علمِ ظاہر سے بزرگ تر ہے۔"

امہ باطنی علمک یا باطنی عملہ ہُند آغاز چھُ ژ ساس قبل مسیح
منز فیثا غورث ناوکی ٹاڈی بار یونانی عالمن کورمت۔ امہ پتہ وآژ یہ
اسرار رموزن ہندیہ لہر باقے دُنیہ کین علاقن منز۔ ہیگل اوس بیاکھ
"علم الروح" چھُ تصوفس منز صفہ۔ اوسچ کتاب مانہ یوان۔

اسلامس منز آو اٹھمہ نومہ صدی منز آو تصوف۔
صوفین ہند یہ فرقہ یم رالتس دوہس یا دِلہی منز محو آسی روزان آیہ
حضرت محمدؐ سندس دورس منز یہ بارسس تہ علمدار کشمیر چھ
ونان گوڈنیک ریوس چھُ پانہ پیغمبر اوسمت۔ یمن آسی اکہ خاص
قسمک پلو لاگنہ کنی اہلِ صوفہ ونان۔ یہ ہے اہلِ صوفہ گو وارہ وارہ
تصوفس منز تبدیل۔

تصوف کہ فلسفک اکھ عملی پہلو چھُ یہ زِ انسانس
اندر چھُ نورک ستہ دائر۔ اکھ صوفی ییلہ مراقبس منز گژھ مہ
چھُ پننہ روحانی طاقتہ ستی یمن نورکن یا دائرن حرکت دوان۔ ییلہ یم
دائر چھُ حرکتس منز یوان۔ انسان چھُ عجیب و غریب نظارہ اچھو
وچھان۔ سالکہ سُند سورے جسم چھُ امہ نورہ ستی نورانی گژھان۔
وارہ وارہ چھُ عملہ مسلسل ستی یہ نور اندرہ نیبر نیران تہ پتہ چھُ لیوہ ہے

نۆر اُمس ژُوایارٕ بوزنہٕ یوان تہٕ ساآنگ چھُ ترٛیا اوستھایہ منٛتروٕاتان۔ اُمِس چھُ وارٕ وارٕ سِیدھی حاصِل گژھان۔ پتہٕ اَڈِ یہ وَنِنہٕ چھُ یِوان۔

تقریبن ساس وَری برٛونٛہہ دٕیُت فیثاغورثن اَتھہ باطنی ریاضیس کَن تہٕ افلاطونن سٕنٛدی زرخیز دِماغن دیُت اَتھہ اکہ مکمل فلسفک رنٛگ۔ مگر افلاطونس تام روٗد یہ محض اکھ فلسفہ تہٕ پلوٹائنسن ہیٚتُر عمٕلی لوکن اَتھ تالیم دِنٛی۔

ایرانکس زرتشت مذہبس منٛز درایہ اکھ لَنٛڈ یتھ ناو چھُ "مہترا"۔ یہ چھُ دوٚیمہ صدی ہٕنٛد واقعہ۔ اَمیُک عقیدٕ اوس زِ انسٲنی روٗح چھُ نوٗرِ ربٲنی ہُنٛد اکھ ذرٕ۔ انسان ییٚلہ سخت ریاضت تہٕ مشقت کرِ دارِ دارِ چھُ ساآنگ نوٗرُ یتھ اعلیٰ حقیقتس سٟتی رلِتھ گژھان مگر انسانس چھِ نٔژی ہٕنٛدانہٕ گوٚڈٕ سٟتی سٟتی روزان۔ امہٕ باپتھ پزِ انسانس سخت ریاضت تہٕ عبادت کرٕنی۔ تاکہ یہ گَژھِ امہٕ گٔٹہٕ ژھوٕلہٕ منٛز نیٚبر پان تہٕ ظہورس تہٕ نوٗرس گژھِ ملِتھ۔

علامہ چھُ وَنان ــــــ

" افلاطونیت جدید ایک فلسفیانہ مکتب فکر ہے۔ یہ صحت اور ریاضیات سے صرف نظر کرکے صرف مابعد الطبیعات پر زور دیتا ہے۔ اس مکتبہ فکر کے نزدیک خدا ایک مکمل اور بے نیاز ہستی ہے۔ جس کا ادراک ہمارے حواس نہیں کرسکتے۔ اس طرز فکر کی ایک بڑی خامی یہ ہے کہ یہ انسان کی معاشرتی اور تمدنی زندگی کے مسائل کا کوئی مثبت حل پیش نہیں کرتی بلکہ اسے ترک کرنے کا مشورہ دیتی ہے۔ تو افلاطونیت کے زیر اثر ہی سب سے پہلے یونانی فلسفے میں تصوف کی آمیزش ہوئی۔ اور توحید

سادٕ عقیدٕ وحدت الوجود کا پیچیدہ رنٛگ اختیار کر گیا۔

مامون کے زمانے میں جب مسلمان علماء نے یونانی کتابوں کا عربی میں ترجمہ کیا۔ تو اسلامی لٹریچر میں اس طرزِ فکر کو فروغ ملا۔"

عربس منٛز اسلامی نظام قائم سپدنس سیتۍ سیتۍ گو خود اپرستن ہنٛد اکھ طبقہ یاد ہیٛتھ کامِ صرف زہد و عبادت کرنۍ آس۔ یِم آسۍ رالنس دوہس مراکبس تہٕ عبادتس منٛز مست آسان۔ مولانا جامی چھِ پننہِ کتابہٕ "نفحات الانس" منٛز لیکھان ز گوڈنیک شخص ییٛمِس صوفی ناو پیوٚو سُہ اوس" ابو ہاشم" یمی سُنٛد انتقال 150ھ منٛز سپُد۔ امی سندین رفیقن ہنٛدِ خاطرٕ آیہ فلسطینس اندر اکس جایہ "رملہس" منٛز گوڈنیچ خانقاہ تامیر کرنہٕ۔ یہ آس اکھ زبردست تحریک یتھ منٛز نہٕ صرف مردے یوت شامل آسۍ بلکہ بہلہ پایہ پرہیزگار تہٕ متقی زنانہٕ یمن منٛز رابعہ بصری، مریم بصریہ، معاذہ عدویہ رض، شعوانہ رض، کردیہ حفصہ رض، ام حسان تہٕ نیشاپوری وغیرہ مشہور چھِ۔ مردن منٛز آسۍ حضرت فضیل ابن عباس حضرت ابراہیم ادھم، حضرت معروف کرخی بیٛیہ شفیق بلخی خاص پاٹھۍ ذکر کرنس لایق۔ یمن سارنے بزرگن ہنٛز زندگی آیہ خلاص محبت تہٕ خود اپرستی ہنٛدۍ اعلیٰ نمونہ پیش کران۔

تصوفکہِ بارٕ عالم حضرت کرخی چھِ ونان تصوف چھُ بزرگ علم۔ حضرت ذوالنون مصری چھِ ونان "تصوف چھُ توحید تہٕ روحانی اسرار زاننک مکمل علم۔

امام قشیری ییٛمِس تخلص اوس زین الاسلام۔ امی چھُ تصوفس پیٹھ 23 کتابہٕ لیچھمژ۔ اہم ترین کتاب چھِ۔

"رسالتہ القشریہ فی علم التصوف" ژھوٹ ناد چھ اَتھ "الرسالہ" اَتھ کتابہِ منز چھ تصوفکۍ رمز وضاحتہ سان بیان آمتۍ کرنہٕ۔ مولانا جامی سٕنز کتاب نفحات الانس چھ تصوفس پیٹھ بےحد معروف کتاب مانہٕ یوان۔

## حسین بن منصور حلاج

حسین بن منصور حلاج چھ تصوفک اہم ستون مانہٕ یوان۔ یہ چھ 294ھ منز کشیر آمت 307ھ منز آو یہ حامد بن عباس سٕندِس درخاسس پیٹھ گرفتار کرنہٕ۔ 27 مارچ 922 ہجری یس منز آیہ اَمس 84 تھٕن عالمن ہنز گواہی پیٹھ پھانسی دِنہٕ۔ اَمی سٕند جسمک اکھ اکھ عضو آو ژٹنہٕ "الفرسک" مصنف چھ پھانسہِ ہٕند حال لیکھان۔

"مرنہٕ برونہٕ یہن کوٚر اَمی آخری دُعا" اے خدایہ اگر ژٕ یمن تہٕ آسہٕ ہیتھ ہوومت یہ مےٚ ہوٚوتھ۔ یم دِین نہٕ مےٚ پھانسی۔ یا اگر ژٕ مےٚ چیز مےٚ نش آسہٕ ہیتھ کھٹِتھ تھوومت۔ لٔس یمن نشہٕ چھپے ژٕ دوٚر تھوومت یہ دمہ ہانہٕ تیلہٕ "انا الحق" نعر۔ خدایہ یمن میانین قاتلن دِزِ معافی۔!

اَمہ پتہٕ آیہ اَمس کوٚڑ برساونہٕ۔ پتہٕ لوٚنیس مار و اتلق کلس دب۔ پتہٕ آو یہ نرِ گنڈِتھ الونڈ تراونہٕ۔ یہ رووٚد اَتھ پھانسہِ کوٚٹس پیٹھ اکس دوہس زِنٕد۔ پتہٕ آو اَمس کلہٕ ژٹنہٕ تہٕ لاش آیہ زالنہٕ۔

تذکرہ اولیاہس منز چھ تحریر۔ "حلاج سٕندِس یمہ کتھ تانس منز آسن آواز نیران۔ "انا الحق"، اَمی سٕندِس پرِتھ خونہٕ قطرس

آس انالحق شکل بنان۔ تاریخ فرونیی منز چھ تحریر ییلہ منصورس پھانسہ کوٹلس کُن پکہ ناوان آسی اُمی وۄن بڈ ہٹہ۔ ——— ییلہ مے زالن۔ دریایہ دجلہس کھسہ ساہلاب، خطر گژھہ یادٕ، بغداد ماگژھہ سورے ڈُھپتھ۔ امہ وقتہ گژھہ میون سور آلس تراوُن۔ چنانچہ گو برابر یہی دجلہس آو اچانک زبردست ساہلاب۔ ییلہ منصورن سور آو دریاوس تراونہ۔ آمہ ہیوٚت یکدم ہتھ۔

منصورنس قتلس متعلق کوٚر عالمکو مقتدر عالمو تہ پرہیزگار عابدو، سخ ناپسندیدگی ہند اظہار، یمو وۄن ———

اکھ صاحب دل تہ صاحب نظر، دوست خوداد مرد قلندر آو قتل کرنہ۔ یمن منز چھ ابو قاسم قیشری۔ شیخ فرید الدین عطار شیخ ابو بکر شبلی، داتا گنج بخش، ابن عطا، امام غزالی عبداللہ خفیف۔ ابو الکلام آزاد آبادی وغیرہ شامل ابوبکر شبلی چھ ونان۔" یہ تہ حلاج چھ کنے ناو۔ فرق چھ صرف یہ زبکو دنیتس بہ دلیوانہ قرار تہ پیٹھ کنی میون مے نجات۔ حسین مور عقلہ۔

ہندوستانک عظیم صوفی تہ صاحب دل قلندر۔ "سرمد" آو اورنگ زیبانس حکمس پیٹھ پھانسہ کھارنہ۔ پھانسہ کوٹلس کُن گژھان گژھان کوٚر اُمی منصور نہ عظمت اعلان ۔

عمریست کہ آں قصۂ منصور کہن شد

من از سر نو جلوہ دہم دار و رسن را

علامہ اقبال چھ تصوفک اکھ منظر نامہ خواجہ حسن بصری رح سیتھ منسوب کرتھ ونان۔

" حضرت مجدد الف ثانی علیہ الرحمہ فرماتے ہیں کہ

تصوف شعارِ حقہ اسلامیہ میں خلوص پیدا کرنے کا نام ہے۔ اسلامی
اقوام کی تاریخ میں ایسے بزرگ ہزاروں اور لاکھوں کی تعداد میں پیدا ہوئے
اور ہوتے رہینگے، جن کی زندگی کا نصب العین یہی خلوص رہا ہے۔ ان کی
زندگیاں عام مسلمانوں کیلئے نشانِ راہ کا کام دیتی رہی ہیں۔ اور یہ
سلسلہ ابدالاباد تک جاری رہے گا۔ یہ بزرگ حقیقی معنوں میں جانشینان
پیغمبر ہیں۔"

عبداللہ بن بسر رضؓ ہن سِتی چھُ یہ حوالہ منسوب زِ اکی شخصن
پرژھ حضورﷺ نِ اسلامکی احکامات چھِ وارِیاہ۔ مےٚ دِیو تۄ صرف
اکھ کتھ یُس بہٕ اتھ ساری میے پچالہ کرِہے۔
حضورؐ فرمووکھ "پننیٚ زبان گرژھِ ہمیشہ یادِ اللہ سٕتی ترٕ تھاوِنی"۔

یوہے فرمان چھُ تصوفک ماحصل۔
تصوف چھُ علمِ باطنی۔ تہٕ شوفلاسفی تہٕ چھُ علمِ باطنی۔
امہ کرٕ مسلمان شاعرو علاوہ بڈٕ شاعرو تہٕ صوفی شاعری۔ یِم دو شوے
فلسفہ چھِ ہتھد شاہ کِین تہٕ بالیغ ذیشعان بزرگن ہُند باطن زندگی
ہنزِ وِ کھ کاشراوان۔ کشیرِ منز گیہ بار صوفی ریشی یاد یِمو
کاشر زبانہِ، فکرِ تہٕ ذکرِ سٕتی متور کور۔

یِمن ولی کاملن منز چھ علمدارِ کشمیر زین الدین
ولی رحؒ، ریشی مالی صاب، بابا ریشی، بابا نصیب
الدین غازی۔ سلطان العارفین شیخ حمزہ مخدوم صاب
بامُ الدین صاب وغارٕ یمو صوفی تحریک گرگراوانا و۔
تہٕ کاشرین صوفی شاعرن ہُند اکھ لوٚٹ کارواں گوو

آکاشس نغمہٕ ہنٛدی برادری انسانی تہٕ ذات عرفان ، کنٛبر ہیوٚ تیار
کھاژتھ تہٕ باے برادری تہٕ روٗحانی ملہٕ زارچہٕ وتہٕ گاشر ادکھ ٭

# کتاب نامہ


1. Raj Tarangini by Kalhan
2. Neelmat Puran by Dr. Ved Kumarigai
3. Early History & Culture Of Kashmir by S.C. Rey.
4. Kashmir Shiv Mat. by Dr. Badri Nath Kalla.
5. Tehqiq تحقیق by. Mohan Lal Aash.
6. Sone Azuk Adab. by Samprati Jammu.
7. Abdul Ahad Zargar. by G.M. Shad.
8. وجد by Jawahar Lal 'SAROOR
9. Kashmir Then & Now by Gwasha Lal Kaul
10. Yeth Kashmir Young Writer's Association.
11. "میعور شناسی" محمد یوسف ٹینگ
12. Literary Criticism
13. Scrutinies by Dr. D.H. Lawrence
14. Instinctive Preference by Dr. Orwell.
15. Introduction of Kriticism. by Dr. Raymond William.
16. شیرازہ جلد 28 ، شمارہ 5 ، 6
17. ثقافت - بزم ثقافت شوپیان کشمیر
18. Kaashur Samachar - Delhi -
19. پرکھ - محی الدین گوہر -

(ب)

19. شیرازہ جلد 30، شمارہ 4

20. تصوف کیا ہے؟ مولانا محمد منظور نعمانی

21. شریعت و طریقت مولانا محمد زکریا صاحب

22. تاریخ تصوف

شاعر مشرق علامہ اقبال

# مُصنّف سٕنٛز دوٚیمہ کتابہٕ

1۔ کُلیاتِ عبدالاحد ناظِمؔ — ناشر کلچرل اکادمی

2۔ تلمیحات — ناشر کلچرل اکادمی

3۔ اَچھرٕ وِنٛکی آلو — شارٕ سوٚمبرن

4۔ Cultural History of Doda.
Published by – Veer Jee Tikoo

5۔ اَنوکھا مُسافِر — مرازٕ اَدبی سنگم ۔ اِقتباس کتھا سرِت ساگر

6۔ Cultural History of Ramnagar (Jammu)
Pub. by — Veer Jee Tikoo.

7۔ ناگ مَنت تہٕ کٔشیٖر — Veer Jee Tikoo " "

8۔ کشمیر کی قدیم راجدھانی بجبہاڑہ " " " " — " " "

9۔ کشمیر میں شکتی پوجا۔ " " " " — " "

10۔ تحقیق " " — " " "

11۔ سید گُل " " — " " "

12۔ تخلیق تہٕ تنقید " " — " " "

13۔ الماس کھنجہٕ — شارٕ سوٚمبرن " " — " " "



